- Mirwaiz Molvi Mohammad Yusuf Shah
- Kashur Tafsir – Noor-ul-Ayoon – Ama-Yata-Saaloon? عم یتساءلون
- Samai Bargi Press, Amritsar
- 1354 H
- 56 Pages

چھاپ حافظ محمد عنایت اللہ

وَلَا يَأْتُونَكَ بِمَثَلٍ إِلَّا جِئْنَاكَ بِالْحَقِّ وَأَحْسَنَ تَفْسِيرًا

# کاشُر تفسیر

موسوم بہ

# نورُ العیون

ترجمہ پارہ

# عمّ یتساءلون

یعنی

قرآن مجید کے آخری پارہ کا کشمیری زبان میں بامحاورہ سلیس علمائے اہل سنت و جماعت کا لکھا ہوا تفسیری ترجمہ

مصنفہ

علامۃ الوریٰ جامع معقول و منقول حاوی فروع و اصول مولنا و بالفضل اولینا

حاجی مولوی محمد یحییٰ میر واعظ کشمیر نور اللہ مرقدہ

بتحشیۂ

جناب فیضمآب مولینا و بالفضل اولینا حاجی الحرمین الشریفین مولوی محمد یوسف (مولوی فاضل)

و میر واعظ کشمیر

جسکو جناب فیضمآب کے ارشاد سے

احقر العباد الراجی الی رحمۃ اللہ حافظ محمد عنایت اللہ امام مسجد گاڈہ یار نے

شائع کر کے چھپوایا

در سنہ ۱۳۵۴ھ

ثنائی برقی پریس امرتسر میں باہتمام ابو رضا عطاء اللہ پرنٹر کے چھپا

محمد اشرف فاضلی

# دیباچہ

بسم الله الرحمن الرحیم

الحمد لله الذی انزل علی عبدہ الکتب ولم یجعل له عوجا وتکفل لحفظه وصونه بن انه فلم یجد احد الی تغئیرہ وتحریفه سبیلا والصلوۃ والسلام علی سید المرسلین وخاتم النبیین افضل الخلق نسبا ومحتدا الذی امرہ الله بالتصدیع والتفصیل والتبئین ففصل تفصیلا وبین تبئینا صلی الله علیه وعلی اله واصحابه واتباعه حملة علومه وادابه واثارہ الذین ینفون عن ذلك الکتاب تحریف الغالین وانتحال المبطلین وتاویل الجاهلین وسلم تسلیما کبیرا کثیرا

اما بعد. بہ کتھ چھہ معلومی کہ قرآن مجیدس چھو مختلف زِون اندر ترجمہ کرنہ آمُت صرف آس کاشر زِوامہ نشہ خالی۔ اَتھ زوہ اندر آسونہ کانہ ترجمہ شایع کرنہ آمُت۔ پس کرُ توجہ اَتھ کُن میان جد امجدن یعنی علامة الوری حضرت مولینا محمد یحیی اَکھ نور الله مرقدہ۔ چنانچہ تمو کرُ پارہ عم یتساءلون ترجمہ ناو تھاوہس نور العیون ترجمۂ عم یتساءلون۔ اَتھ سپارہ کرکُ ترجمہ امی مو کھہ زہ اکثر مسلمان کیا چھہ عم سپار آسان باد۔ چونکہ سو ترجمہ آسو عام فہم تہ مختصر تہ صحیح۔ بیہ آسو تمکو غرض کاشرن لوکن آیاتِ قرآنن ہندہ ترجیح واقفیت پیدہ کرن۔ تہ مو کھہ سپُد سو مقبول عام۔ چنانچہ متعدد دفعہ آو سو لوکن ہندہ طرفہ چھپاونہ۔ مسلمانو کر خود بخود پیچھ پور اشاعت۔ العرض تم آس لوکن ہنز ضرورت پور کرمژ۔ سو آسنت بیہ کونہ ترمیم ضرورت کنہ آسنہ۔ مگر کنہ کالاہ گوکہ مرزائیو اندرہ اکھ شخصن تہ کر اَتھ عم سپارہ کاشر ترجمہ۔ بیہ اندرہ تہندہ غرض آسو فقط لوکن اندر مرزائی خیالات تہ اعتقادات واتناون۔ یہ کرن تمکوی اکھ آلہ تہ ذریعہ گویا حلوس ملہ وِتھ واتناوُن زہر۔ اَتھ پیٹھ ملہ بعض سمجھدار کاٹِل اشخاص واقف سپد تمو کر ارادہ کہ نور العیون ترجمہ مولینا الممدوح کرو بیہ چھاپ۔ بمہ سپُد ارادہ بو لکھہ تتھ پیٹھ حاشیہ۔ بمہ سبتھ تمکن بعض بعض جاین ہنز سپد وضاحت بیہ بن تتھ اندر تمہ جابہ نزاونہ تہ ظاہر کرنہ ہن جاین مرزای کاشر تفسیرہ دال ہن مرزائیت ونش چھیہ۔ بیہ بین جاین تم غلط ترجمہ یا غلط مطلب ونت چھو۔ یتھو لوک تہندن خرافاتن خرعبلاتن پیٹھ آگاہ سپدت تمندہ تہ مرزای کاشرہ تفسیرہ نشہ روزن پت۔ الحمد لله میانہ خواہش ان پروردگارن بعمل سو حاشیہ واتو باتمام۔ ون چھو مسلمانن لازم کہ بیہ نور العیون محشی کس اشاعتس اندر کرن بدل و جان سعی تہ کوشش۔ بالخصوص یہرن لوکن مرزای کاشر وچھنہ انش نہ پرنہ نش پت کُن۔ کیازِ بیمہ سیت ژلنک شبہات تہ وسوسہ بیہ روزن تہنزن صحیح اعتقادن مضبوط تہ محکم بیہ روزن مرزائین ہندہ شرہ نشہ (یم دشمنان اسلام و پیغمبر چھیہ صلی الله علیه وسلم) محفوظ مامون۔ اللهم انا نجعلك فی نحورهم ونعوذ بك من شرورهم۔

محمد یوسف عفی عنہ

ابن العلامة الاجل الواعظ غلام رسول
علامة الوری الواعظ محمد یحیی نور الله مرقدہ

راجوری کدل
سرینگر۔ کشمیر

## {سورۃ النبأ}

سورہ نبأ چھو مکی ژتجہ آیہ بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ یلہ حضرتو
لگ تعجبہ کرِن تہ استہزا کرِن پانہٕ وان پرژھہ پرژہ کرنہٕ اتی سید نازِل یم
یَتَسَآءَلُوۡنَ کمہِ نشِ چھہ یم پرژھہ پرژہ کران عَنِ النَّبَاِ العَـ
الَّذِیۡ ہُمۡ فِیۡہِ مُخۡتَلِفُوۡنَ یتھ خبرہ اندر یم چھہ اختلاف کرہ و
سَیَعۡلَمُوۡنَ نزدیک چھوزِہ زانن تِمکو حال (۳) ثُمَّ بیہ چھو
یہ لگنہ کرِنو سَیَعۡلَمُوۡنَ نزدیک چھوزِہ زانن تِمکو حال (۵)
مِہٰدًا آیا اَسہِ کرُنا زمین وتھرُنہ وَّالۡجِبَالَ اَوۡتَادًا بیہ کرِنا کوہ یِجہ ہسہ (۶) و
خَلَقۡنٰکُمۡ اَزۡوَاجًا بیہ کرِوہ اَسہِ توہٕ پیدا جفت یعنی نر و مادہ وَجَعَلۡنَا
نَوۡمَکُمۡ سُبَاتًا بیہ کرِ اَسہِ ندر تُہنز راحتکُ سبب وَجَعَلۡنَا الَّیۡلَ لِبَاسًا بیہ کرِ اَسہِ
رات لباسہ تہ پردہ وَجَعَلۡنَا النَّہَارَ مَعَاشًا بیہ کرِ اَسہِ دوہ معاشکہ ژھانڈنکُ وقت
وَبَنَیۡنَا فَوۡقَکُمۡ سَبۡعًا شِدَادًا بیہ لُد اَسہِ توہہِ پٹھ ست طبق دِرِنہ محکم (۷) وَجَعَلۡنَا

(۱) جمہور مفسرِن چھہ ونان بجہِ خبرہ اندرہ چھو مراد مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدُن گویا فرماوک اللہ تعالیٰ اَن بڈہ تعجب چھو پرژھہ پرژہ تہ گفتگو چھو یوان کرنہ کونہِ لو کچہ خبرِہ متعلق بجہِ خبرہ اندر چھنہ گفتگو کرنچ محلی (۲) یعنی یہ پرژھہ پرژہ تہ اختلاف بطور انکار استہزا لگنہ کرُن با ایمانن بلکہ کہنژہ مسلمانن ہنز قطعاً و یقیناً تردُّدہ نہ شکہ ورای مرنہ پتہ زندہ سپدنس پرژہ کرِن ون یُود پرژہ نہ کرہِ دِان ہِمن سپدہ عنقریب معلوم زِہ ہِمن کیاہ بنہِ (۳) یم انکار کرہ ونِ یلہ مرِن نہ عذابس گرفتار سپدن ہتی وقتہ کیا سپدک قیامتچ مجمل کیفیت معلوم (۴) یعنی دوبارہ چھُسو بیم کران نہ پت رٹان کہ قیامتس لگنہ انکار کرُن (۵) قیامتس انکار کرُن گو خدایہ سندِس قدرتس انکار کرُن خدایہ سندِس قدرتس کیتھہ پاٹھِ ہکیو انکار کرِت اَلَمۡ نَجۡعَلِ الخ (۶) یعنی اَت پٹھ بلہ اسہ قدرت گیہ قیامت برپا کرِنس پٹھ ہکہِ نا آسِت امہ ورای نہ کرِہ اسہ واریاہ پننہ قدرتچہ دلیلہ توہہِ پٹھ ظاہر مثلاً وخلقنکم الخ (۷) یعنی ست آسمان وجود آسمان چھو بقرآن وحدیث ثابت اہل اسلامن چھہ اَت پرژہ کرِن لازم اَت انکار کرُن یا کونہِ قسمہ تاویل کرُن گو قرآن مجیدس انکار کرُن اگرچہ کانسہِ آسِتن لکھمُت زِہ آسمان چھو نہ کانہ چیز بہ چھو فقط حدِ نظر مگر مسلمانن کاہِل ہمیں قرآن مجیدکِس کلام خدا آسنس پٹھ پور

سِراجًا وَھّاجًا بیہ کرُ اسہ ژونگہ پرزلہ وُن سوگو آفتاب وَاَنزَلنا مِنَ المُعصِراتِ
مآءً ثجّاجًا بیہ والواسہ ادروا برونِشہ آبہ ٹھاہ ہارہ وُن لِنُخرِجَ بِہٖ حبًّا وَّنباتًا یتھو کڈو
اس تمہ سیت پھل بیہ زمینہ اندرہ کھسوِن چیز وجنّاتٍ اَلفافًا بیہ باغ گدہ لو گلو برت
اینِ چیزن اندر چھِہ توِہ سارنی شرکت یہ شرکت آسِت بنہ تمیز نہ جدائی (۱) اِنَّ یَومَ
الفصلِ پزیاٹ جدائی ہنُد دوہ کانَ میقاتًا چھو وقتہ مقرر کرنہ آمُت (۲) یَومَ
پژہ آسہ ستِ لنِش چھونہ قرآن مجیدس مقابلہ کانسہ ہندِس کلامس کنھی اعتبار علاوہ ازان
چھِہ ماہرانِ فلسفۂ جدیدنہ یہ کتہ تسلیم کران نہ مانان زِہ آسمان چھوا ک لطیف جوہرہ اکَ
یعنی کلیتہً چھِنہ تم تہ انکار کران وِن وجودِ آسمانس کانسِہ مدعی اسلامہ سند انکار کرُن نہ گو
محض جہل وضلال (۱) یِم ساری چیز چھِہ سانہ قدرتِ کاملچہ دلیلہ وِن کیا بعید چھو سانہِ
قدرتہ نِشہ قیامت برپا کرن یا مخلوقات مرنہ پتہ زندہ کرن اوتانِ آسِ ذکر زہ قیامت
برپا کرن چھِہ ممکن خدایہ سندس قدرتس اندر وِن چھوا مِہ پتہ بیان یِوان کرنہ زہ سہ چھِنہ
ممکنی یاژِ بلکہ چھِہ ضرور واقع سپدہ وِن یتی دوہہ یمہ دوہہ پژہہ والِن نہ منکرن فرق
یِیہ کرنہ (۲) مرزاے کاشرِس تفسیرس منز چھو یمہ آیہ کریمک معنی محض غلط بیان آمُت
کرنہ یمکو وجہ چھو بظاہر ایژہ مرزائین نہ چھِنہ ملکہ کن کافرن ہندِ پاٹھِ قیامتچ پژہ کِنہ۔
یمی سببہ چھِہ تم یمہ قِسمہ کن آیہ کریمن اندر قیامتچ ذکر چھِہ تمِس موقعہ لبان چھِہ تحریف کران تِہ
معنی بدلاوان پننہ رایہ سیت یتی معنی وِنان یِم حدیث شریفن نہ سلفِ صالحین
ہندن اقوالن مخالف آسِت چھِہ لغتکہ اعتبارہ نہ محض غلط آسان امکو وجہ چھو زہ
مرزہ قادیان کرُ دعویٰ مسیح موعود آسنُک تتہ پتہٹ سپدُس اعتراض کہ یتِ متعلق
چھو حدیث شریفن اندر نزول از آسمان آمُت کرُن تتہ تہ انکار تتہ پتہٹ سپدُس
اعتراض زہ قرآن مجیدس اندر چھِہ تہندہِ رفع الی السّماءِ چ ذکر یوِس کرُن تتہ تہ انکار۔
دپنہ لگو کانسہ بشرہ سُند آسمانس پیٹھ کھسُن چھو محال تتہ پتہٹ سپدُس اعتراض معراج
شریفک کرُن تتہ نہ انکار وِنہ آسِ خدایہ سندس قدرتس نِشہ کیاہ چھو دور آسمانس پیٹھ
کیا کھارہ کینسہ شخصس ملایک چھِہ رانتس نہ دوہس کھسان نہ وسان آسان کرُن ملایکن تہ
انکار۔ دپھس اللہ تعالیٰ چھو فرماوان در شبِ قدر چھو ملایکن ہند نزول سپدان کرُن
شب قدرس نہ انکار دپھس قرآن مجیدس اندر چھِہ قیامتکہ حقہ اللہ تعالیٰ فرماوان

ینفخ فی الصّور یمہِ دوہہ پھوک ییہ دِنہ پوغس (۱)، فتاتون افواجا پس ییو توہِ فوج در فوج (۲)، وفتحت السّمآء مُژرنہ ین آسمان فکانت ابوابا پس سپدن آسمان دروازہ جنتک (۳)، وسیّرت الجبال ییہ ین پکناونہ کوہ فکانت سرابا پس سپدن ہم کوہ سِکھ یہہ اِنّ جہنّم کانت مرصادا پزپاٹھ چھو جہنم زاگنچ تہ ژرٹچ جای (۴)،

تعرج الملئکۃ والروح الیہ فی یوم کان مقدارہ خمسین الف سنۃ کرن قیامتس انکار۔ غرض ییمو چیزو سیت امسندِس گوڈنکس دعواس ہیٹ اعتراض واقع سپدہمت چیزن کرن انکارنن پاٹھ یا تاویلاتِ فاسدہ کر کراِدہ ہم بقرآن ثابت آستن یا بحدیث لہذا چھہ امسند پیروتہ امِی طریقہ پکان فضلوا واضلوا (۱)، مرزاے کاشرس تفسیرس منز چھو لکھمت پوغہ اندرہ چھو مراد بندن ہند دلہٖ ظاہری معنیس صریح تغیر دِتمُت۔

(۲)، یعنی پرت امتہ آسہ جدا جدا۔ مسلمان جدا کافر جدا نیکو کار جدا بدکار جدا ساری آسن اڈِ اڈن نشہ جدا تھےپاٹھ سمن درمیدانِ محشر (۳)، ملایکن ہندہ وسنہ خیطرہ یعنی ستّاہ ییہ مُژراونہ زن دروازی دروازہ سپدنس سارسی ییوکِن بکثرت ین ملایک والنہ چنانچہ اللہ تعالی چھو سورۂ فرقانس منز فرماوان یوم تشقق السّمآء بالغمام ونزل الملآئکۃ تنزیلا۔ یعنی قیامتکہ دوہہ پھٹہِ آسمان اکہِ ابرہ سیت توہ ییہ ین ملایک والنہ بکثرت مینس ییٹ ہت اندر چھو رژمن ہم آسمانس اندر خرق والتیام محال زانان چھہ میرزا یچھہ حضرتِ آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلمن ہندس معراج جسمانیس انکار کران چنانچہ بروٹھ گیہ یچ ذکر۔ دلیل چھہ وِنان تتھ پٹ یہوی فلسفین ہند مردود قول زہ آسمان کنتھہ پاٹھ ہکہ ہن آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم کھست آسمانس چھنہ وتھے کونہ کِن تتھ چھو خرق والتیام سپدُن محال چنانچہ مرزاے کاشرس تفسیرس منز چھو بٹ آیہ کریمس تہ تحریف کرمُت غلط معنی وِمُت (۴)، مرزاے کاشرِ تفسیرہ والِ چھو لکھمُت کوہو اندرہ چھہ مراد مخالفین حق اِمہِ اندرہ چھو صاف ننان زِ تمن اکہِ ظاہری معنیچ کِنہ پژماہ چھہنہ حالانکہ اللہ تعالی چھو فرماوان ویسئلونک عن الجبال فقل ینسفہا ربی نسفا قریش چھہ پرژمان توہہ مین کہن ہند زِہ ہمن کیاہ ینہ قیامتکہ دوہہ توہ فرماویک ریزہ ریزہ کرہ مین کُہن میون پروردگار (۵)، ینہ پتھہ چھو اللہ تعالی بیان فرماوان زِہ یوم الفصلس اندر کم کم فیصلہ ین کرنہ یلایک عذاب آسن جہنمس منز کافرن زاگان پراران عذاب کرنہ خیطرہ

لِلطَّاغِیْنَ مَآبًا سرکشن ہندہ واتنچ جاے لٰبِثِیْنَ فِیْھَآ اَحْقَابًا روزہ ون نہ درنگی
کرہ ون چھہ نتہ اندروار یہن حقبن اک حقبہ کوشیت ساس ورہہ لَا یَذُوْقُوْنَ فِیْھَا
بَرْدًا وَّلَا شَرَابًا ژہن نہ تیتس کالس سرد بیہ نہ چنہ باو کنہ چیزہ اِلَّا حَمِیْمًا مگر رس سرونو
وَّغَسَّاقًا بیہ چرک نہ زرد آب دِ دمتن تانن ہند جَزَآءً وِّفَاقًا مزورہ چھک عملہ موافق
اِنَّھُمْ کَانُوْا لَا یَرْجُوْنَ حِسَابًا یزپاٹ آسنہ تم تہادان امید حساچ وَّکَذَّبُوْا بِاٰیٰتِنَا
انکار آس کران نہ ایز گنزران سانن آیاتن کِذَّابًا انکارہ سخت وَکُلَّ شَیْءٍ پرت چیزہ
اَحْصَیْنٰہُ گنزراسہ سو کِتٰبًا لکھناوت فَذُوْقُوْا پس ژہو فَلَنْ نَّزِیْدَکُمْ اِلَّا عَذَابًا
پس ہُرراوو نہ اس تو ہہ مگر عذابہ اِنَّ لِلْمُتَّقِیْنَ مَفَازًا یزپاٹ پرہیزگارن چھہ رستگاریہ
ہنز جای حَدَآئِقَ باغ برت میوو سیت وَاَعْنَابًا بیہ تہاہ دچھ وَّکَوَاعِبَ بیہ لوکچہ
زنانہ اَتْرَابًا اکی وینہ وَّکَاْسًا دِھَاقًا بیہ پیالہ شرابک بربر لَا یَسْمَعُوْنَ فِیْھَا لَغْوًا
بوزن نہ تت اندر کنہہ بیہودہ وَّلَا کِذّٰبًا بیہ نہ لکھ اکس ایز گنزرن نہ انکار کرن (۱) جَزَآءً
مِّنْ رَّبِّکَ یہ چھوک جزا پاٹ چانس پروردگارہ سندہ طرفہ عَطَآءً حِسَابًا بخشش
کافی نہ پور حسابہ بوجب رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَیْنَھُمَا تس پروردگارہ سندہ
طرفہ یُس پروردگار آسمانن ہُند نہ زمینن ہند بیہ یہ تمن منز چھو الرَّحْمٰنِ بخشایش کرہ ون
لَا یَمْلِکُوْنَ مِنْہُ خِطَابًا قدرت لبن نہ تس نش کت کرنس یَوْمَ یَقُوْمُ الرُّوْحُ یہ دوہہ
ودنہ روزہ روح وَالْمَلٰٓئِکَۃُ صَفًّا بیہ روزن ودنہ ملایک صف دِت لَّا یَتَکَلَّمُوْنَ کت
کرن نہ اِلَّا مَنْ اَذِنَ لَہُ الرَّحْمٰنُ مگر یس رخصت دِیہ بخشایش کروُن خدا (۲) وَقَالَ
صَوَابًا بیہ دنہ کلامہ درست (۳) ذٰلِکَ الْیَوْمُ الْحَقُّ سو دوہ چھو یز (۴) فَمَنْ شَآءَ

(۱) کیازہ تم چیز آسن تتہ نا بود بیہ چھہ امہ قسمچہ خرابہ دنیاہ کسی ناپاک شرابس اندر بیاک گوتنکو
شراب طہور سو چھو ہو چیز و نشہ بالکل خالی (۲) یعنی کلام کرنک سو کرہ ادہ کلام بعضی کرن کلام
شفاعت بعضی بادای شہادت یسارنی بر ونٹ ایہ شفاعتکو اذن دنہ حضرت شفیع المذنبینؐ
(۳) درست کلام گو زہ شفاعت کرہ تس یس نتن لایق آسہ کافرن نہ مشرکن کرنہ شفاعت کیازہ نہ
چھونہ ہرگز درست چنانچہ بعضی مفسر و فرماو وقال صوابا گو تس شخصہ سندہ چیزہ بیہ شفاعت کرہ ون
شفاعتکو اجازت دِنہ یم دنیاہس اندر یز کلام آسہ ونمت یز کلام گو کلمہ توحید لا الہ الا اللہ (۴)
یعنی ایز نہ ناشایان ہرگز تمہ دوہہ پیش یکنہ سپدنہ نہ آسو دنیاہسی منز۔

اِنَّکُنۡ اِلٰی رَبِّہٖ مُنۡتَھٰھَا پس تُنهنجي پڙه رڳو تنهن پروردگار ڏانهن آهي ۽ انهيءَ جاءِ ايمانه
سبت نه رڙه عمله سيت اِنَّآ اَنۡذَرۡنٰکُمۡ عَذَابًا قَرِیۡبًا ۔ بيشڪ اسان توهان کي ويجهي
عذاب کان ڊيڄاريو آهي يَوۡمَ یَنۡظُرُ الۡمَرۡءُ مَا قَدَّمَتۡ یَدٰهُ جنهن ڏينهن ڏسندو هر ڪو ته ڪهڙا ڪم
اڳ ڪري موڪليا اٿس وَ یَقُوۡلُ الۡکٰفِرُ ۽ چوندو ڪافر یٰلَیۡتَنِیۡ کُنۡتُ
تُرٰبًا ڪاش آئون مٽي هجان ها جيڪڏهن پيدا ٿيس ها انسان جي صورت ۾ ته ڪم ڪري ها عمله هن جي ڪري نه هوندس

| سوره والنازعات ڇهو | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | مکی شیتاجه آیه |
|---|---|---|

وَ النّٰزِعٰتِ غَرۡقًا قسم آهي جماعتن جو جيڪي ڪڍندڙ آهن ڇڪي ڪم اندر سخت ۽ محڪم۔ وَّ
النّٰشِطٰتِ نَشۡطًا قسم آهي جماعتن جو شوق پيدا ڪرڻ وارن جو جيڪي ڪم اندر شوق ڪرڻ وَّ
السّٰبِحٰتِ سَبۡحًا قسم آهي جماعتن جو ترڻ وارن جو جيڪي ڪم اندر ترندڙ ڪرڻ
فَالسّٰبِقٰتِ سَبۡقًا ۽ پوءِ قسم آهي جماعتن جو اڳرائي ڪرڻ وارن جو جيڪي ڪم اندر اڳرائي
ڪن فَالۡمُدَبِّرٰتِ اَمۡرًا ۽ پوءِ قسم آهي جماعتن جو تدبير ڪرڻ وارن جو جيڪي ڪم ۾ قسمن جو
جواب ڇهو لَتُبۡعَثُنَّ وَ لَتُحَاسَبُنَّ البته زنده ٿيو ڪري ته پوءِ حساب ٿيندو (۱)
یَوۡمَ تَرۡجُفُ الرَّاجِفَۃُ جنهن ڏينهن ڏڪندي ڏڪڻ واري يعني زمين ۽ ڪوهه جبل جو ڏڪڻ ٿيو ڪه
سيت (۲) تَتۡبَعُهَا الرَّادِفَۃُ پٺيان اچي پٺيان اچڻ واري يعني ٻيو ڦوڪ (۳) قُلُوۡبٌ

(۱) هن آيتن ڪريمن ۾ عالمن مختلف تفسير فرمايو آهي مگر لفظ جماعتن ڇهو تن ساري پيٽ
شامل چنانچه اهل ظاهر جي فرمايو آهي انهي ۾ مراد طالبان علم دين جون جماعتون آهن
جي هن پاڙه صفت غازي ۽ مجاهدن فرمايو هن صفت جي جهاد ڪرڻ وارن جون ته هنن سڀني
هينڪو عالمن ڏٺو هن جي آسمانن ستارن هن صفت اڪثر عالم جي فرمايو آهي هن جي ملائڪن
هن صفت قسم ڇهو ها ۽ پوءِ ان ڪلام ۾ تاڪيد ڪرڻ خاطر مضمون ڪلام ۾ ورنه خاطر شهادت
پيش ڪرڻ خاطر نه۔ اهو امام مرزائي ڪاشر تفسيره وال لکيو آهي ڇهو ڪيا ته قسم گوا ڪي شيءِ شهادت
گيه پوءِ ڪي شيءِ قسم ها ونڪ اصلي غرض ڇهو شهادت پيش ڪرڻ آهي واوس جي واو قسم
ونان واو اشهاد ڪيبنه ونمت ڇهو نه يه ڇهو امام محض پنهنجي وت موڪلاڻه خاطره ڪرمت پوئنها
بوقت ضرورت پنهنجي مطلب ڪو نه جايه تحريف ڪرڻ محل نه آهي (۲) هن سيني ساري جاندارن
هند روح سيدن تهند وبدن ڦڻه جدا عالم سيده فنا (۳) هن سيني جي ساري
روح وائن پنهنجن بدنن منز عالم سيده جيه نوه طريقه پيدا۔

يَوْمَئِذٍ کِنہ دل آسن نمہ دوہہ وَاجِفَةٌ بیقرار اَبْصَارُهَا خَاشِعَةٌ اچھہ تہنزہ
آسن خبرہ تہ حیران يَقُولُونَ دپان چھہ ءَاِنَّا لَمَرْدُوْدُوْنَ فِي الْحَافِرَةِ آیا اسِ یوہ
بپتہ پہیرت نمہ بروٚنٹھمس حالس - یعنی مرنہ پتہ کہتروہ زندہ ءَاِذَا كُنَّا عِظَامًا
نَّخِرَةً آیا اسِ سپدوہ زندہ بلہِ آسواسِ اڈجہ ژہوژہ دُدریٚژہ قَالُوا تِلْكَ
اِذًا كَرَّةٌ خَاسِرَةٌ سہ زندگی چھہ ادہ پہیرتُ نہ ناوان دِوہ وُن (۱) فَاِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ
وَّاحِدَةٌ پس چھونہ سو واقعہ مگر آوازہ تُند فَاِذَا هُمْ پس ہنگتہ منگہ آسن یِم بِالسَّاهِرَةِ
برروی زمین یسہ زمین آسہ سفید تہ ہموار (۲) هَلْ اَتٰكَ آیا آیہ ژہ حَدِيْثُ
مُوْسٰى خبر حضرتِ موسی (۳) اِذْ نَادٰهُ رَبُّهٗ یلہِ آلو دِتُو تس پروردگارن تہند

(۱) امہِ اندرہ چھو مراد کافر چھہ وَنان یہ ٹھٹھہ پاٹھ نہ استہزا پاٹھ - اہلِ حقن
ہندِس اعتقادَس ہپٹ چھہ منسخر کران - اللہ تعالی چھو ہیندِس مرنہ پتہ زندہ گرژھنُ
مشکل نہ دشوار زانہ تس رد کران (۲) یمو کافرو کرِ او خیال زِہ یُس چیز دُودرِ نہ
بوسیدہ سپدہ سو کتھہ پاٹھ ہکہِ بیہ زندہ سپدِت نہ چھو نہایت دشوار - اللہ تعالی اَن
فرماوُک زِہ یہ چھو توہی نِشہ دشوار نہ مشکل کیازِہ توہِ چھوہ کانہہ چیز تیار کرنس
اندر آلات واسبابن کنُ محتاج - مہ نِشہ کِنہ دشوار چھونہ - کیازِہ مہ چھنہ اسبابو
آلاتن ہنز ضرورتھی - میانہ امرِ کُن فرماونہ سیت چھو معدوم موجود سپدان -
نمہ دوہہ نہ کرہَ بوکنُوٹی حکم اِتی سپدن سارِی بیہ زندہ (۳) لحضرتِ موسٰی سندِہ
قصّہ اندرہ چھو مراد تہند فرعونہ سندن ساحرن سیت مقابلہ کرنکہِ وقتہ پنُن عاصہ
زمینس ہپٹ تراوُن توہ پتہ تتَ بُڈ اژدہا سپدُن یِم سارِسی فرعونہ سنزہ لشکرہ چھلہ
چھانگر کرِ - گویا اللہ تعالی چھو فرماوان اسہ یلہ اَتہ ہو چھہ مژہ لورہ تگُ اکِس لحظس اندر
بُڈ اژدہا پیدہ کرنُو وَن کیاہ عجایب چھو اسہ نش مردہ بیہ زندہ کرون - الحاصل
یمہ قصّہ کہ یاد دہانی اندرہ چھو مراد صرف کافرن ہندس دوبارہ بیہ زندہ سپدُن
عجایب زانُنس رد کرُون امہِ اندرہ چھونہ آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِہ مثیلِ
مُوسی وغیرہ آسُنک بیان کرُن غرض - یہ چھو محض غلط تہ افترا - یہ چھو مرزاے کاشر
تفسیرہ والِ محض پننِ مرزائیت ثابت کرنہ خبطرہ تیتس ونمتُ کیازہ مرزہ قادیان
آسو پننہ حقہ مثیلِ عیسی آسُنک دعوٰی کران -

بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ تت پاک میدانس اندر طُویٰ بت طُوا چھو ناو اِذْھَبْ اِلیٰ
فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰی گژھ فرعونس کُن یزیاٹ سوٗ ڈلوحدہ فَقُلْ ھَلْ لَّکَ پس دپ
تس آیا ژٕ چھوا میل نہ رغبت اِلیٰٓ اَنْ تَزَکّٰی پاک گژھنس کنو یُچھہ صفتو نش وَ
اَھْدِیَکَ اِلیٰ رَبِّکَ بیہ ہادی بووٕ چانس پروردگارس کنو فَتَخْشٰی پس کھوژک
حضرتِ موسیٰ گو تس نش حکم خدا واتناوُنس تہٕ منگو معجزہ نہ دلیل فَاَرٰىهُ الْاٰیَۃَ
الْکُبْرٰی پس ہاو حضرت موسیٰ اَن تس بڈٕ معجزہ سو گو عصاہس اژدہا سپدُنو (١)
فَکَذَّبَ وَعَصٰی پس اپزٕ گنزرٕن تہند رسالت نہ نافرمانی کرن تہندس حُکمس ثُمَّ
اَدْبَرَ یَسْعٰی ہمہ پتہ پھرن تھر براہ خدا درحالیکہ سعی آسو کران دررد حضرت موسیٰ
فَحَشَرَ پس سمبرٕن قوم پنُن (٢) فَنَادٰی پس کرِک دژن (٣) فَقَالَ پس دپُن
اَنَا رَبُّکُمُ الْاَعْلیٰ بو چھس بڈ پروردگار تہند فَاَخَذَهُ اللّٰهُ نَکَالَ الْاٰخِرَۃِ وَ
الْاُوْلٰی پس گرفتار کرُ سو خدای تعالیٰ اَن بعذابِ آخرت نہ بعذاب دُنیانہ (٤)
اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَعِبْرَۃً لِّمَنْ یَّخْشٰی بزیاٹ ات اندر چھہ نصیحت تس یُس کھوژ خدایس
ءَاَنْتُمْ اَشَدُّ خَلْقًا آیا توٕ چھوٕ محکم پیدائشہ اندر (ای منکرو) اَمِ السَّمَآءُ
کنہ آسمان (٥) بَنٰھَا لُد خدا تعالیٰ اَن سو آسمان رَفَعَ سَمْکَھَا بلند کرُنو تھزر تمکو
فَسَوّٰھَا پس برابر کرُن سو وَاَغْطَشَ لَیْلَھَا بیہ کرنو گٹہ شب ہمہ آسمانکو وَاَخْرَجَ

(١) آیۂ کبریٰ اندرہ چھہ مُراد دوشوی چیز عصاہس اژدہا سپدُنو نہ ید بیضیا
نہ ۔ مرزہ قادیان چھو حضراتِ انبیاءن ہندن معجزن انکار کرمُت چنانچہ
حضرتِ موسیٰ سندِس بت معجزس یعنی عصاہس اژدہا سپدنس نہ چھون انکاری
کرمُت (٢) ساحرانہ ناون حضرت موسیٰ اَس سیت مُقابلہ کرنہ خیطرہ قوم سبزن
مقابلہ وُچھنہ خیطرہ (٣) یہ کرِک دژن مقابلہ سپدنہ برونٹھی تاکہ ہرگاہ ساحر
مغلوب نہ سپدن تو نہ رُوزہ تو کُن پٹ میون اثرہ باقی (٤) بعضی مفسرو
فرماو یا چھو مطلب نہ پس رٹو سو اللہ تعالیٰ اَن امہ کتھہ خیطرہ نہ بیہ برونٹھہ
یرژھی ہشہ اکہ کتھہ خیطرہ سہ گیہ (مَا عَلِمْتُ لَکُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَیْرِیْ) (٥) گویا چھو اللہ تعالیٰ
فرماوان زہ تیا منکن منکرن ہرگاہ امہ مثالہ سیت کنہ بنہ نہ بیاک مثال چھہ
امہ خونہ تھز آسمانک

ضُحٰهَا بیہ کڈن روشنائی تمکہ دوہیچ (۱) وَالْاَرْضَ بَعْدَ ذٰلِكَ بیہ زمین
تمہ آسمانہ پتہ دَحٰهَا ہموار کرن اَخْرَجَ مِنْهَا مَآءَهَا وَمَرْعٰهَا کڈون
تمہ زمینہ نشہ آب تمکو تہ بنور تمکو وَالْجِبَالَ اَرْسٰهَا بیہ کرن کوہ محکم لنگر بہہ (۱)
مَتَاعًا لَّكُمْ وَلِاَنْعَامِكُمْ تہندہ نفعہ بابت بیہ تہندن چارپاین ہلندہ بابت
فَاِذَا جَآءَتِ الطَّآمَّةُ الْكُبْرٰى پس یلہ بیہ قیامت يَوْمَ يَتَذَكَّرُ الْاِنْسَانُ
مَا سَعٰى بیہ دوہہ یادکرہ آدمی یہ کرن تہ ساروی وَبُرِّزَتِ الْجَحِيْمُ لِمَنْ يَّرٰى
بیہ بیہ نیزاونہ دوزخ تس یس وُچھہ یعنی سارنی فَاَمَّا مَنْ طَغٰى پس یم اکی دنیاہس
اندر سرکشی کر وَاٰثَرَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا اختیار کرن دنیاہچ زندگی تہ لذات فَاِنَّ
الْجَحِيْمَ هِيَ الْمَاْوٰى پس بہ تحقیق دوزخ یس چھہ سو چھو تمس لایق جای وَاَمَّا مَنْ
خَافَ مَقَامَ رَبِّهٖ یس اکہ کھوژہ دنیاہس اندر پروردگارس برونٹھہ کنہ استادہ
روزنس وَنَهَى النَّفْسَ عَنِ الْهَوٰى بیہ رٹن ہیت نفس بچھہ میلونش فَاِنَّ الْجَنَّةَ هِيَ
الْمَاْوٰى پس تحقیق جنت یس چھہ سو چھو تمس لایق جای يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ السَّاعَةِ
اَيَّانَ مُرْسٰهَا پرژھان چھی ژہ قیامتکو کر چھو برپا سپدن تمکو (۳) فِيْمَ اَنْتَ مِنْ
ذِكْرٰهَا کت اندر چھوک ژہ تمکو وقت ونہ نش اِلٰى رَبِّكَ مُنْتَهٰهَا چانس پروردگارس
کن چھو تمکہ علمک منتہیٰ اِنَّمَآ اَنْتَ مُنْذِرُ مَنْ يَّخْشٰهَا ژہ چھوکنہ مگر بیم کرہ وُنو
تس یس کھوژہ تت قیامتس كَاَنَّهُمْ يَوْمَ يَرَوْنَهَا زن یم یمہ دوہہ وچھن تت
لَمْ يَلْبَثُوْٓا اِلَّا عَشِيَّةً زن نہ درنگی آسک کرمژ در دنیا نہ در برزخ مگر پشنہ پتھہ
شام تام اَوْ ضُحٰهَا یا آفتاب کھسنہ پتھہ دوپہرس تام یعنی تمنہ دوہکہ بیمہ سپنت منگ

(۱) دوہ تہ رات چھہ اگرچہ آفتابکہ کھسنہ تہ لوسنہ سیت سپدان مگر چونکہ آفتاب چھو آسمانسی
منزامہ موکہہ کرک دوہس تہ راتش آسمانس کُن لسنبت (۲) یت زمینک بخارات یم تنت منز
بند چھہ بنر بکن نہ نیرت بلکہ نیرن آب سپدت کہن ہندو سوراخو کن بصورت ناگہ راد
(۳) کیارہ امہ شخصن یلہ دُنیاہی اختیار کر خدا پیوسنہ زتش خدائس نشہ سپد بالکل دور تمہ
دوری ہنز جای گیہ جہنم (۴) حالانکہ یہ سوال تہند چھو بالکل بی محل کیا زہ تہنز کوم چھنہ
آیندک واقعات بیان کرن بلکہ چھہ تہنز کوم خدایہ سند احکام خدایہ سندن بندن
واتنا ون بیہ تمن خدایہ سندہ عذابہ نشہ بیم کرن

دنیاہ چہ زندگیہ ہند مدّت تہ قبرہ اندر روزنک مُدّت نہ۔

| سورہ عبس چھو مکّی | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | دویہ تاجہ آیہ |
| --- | --- | --- |

آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم آسِ اکہ دوہہ اکہ مسجدِ حرامس اندر کافرن ہندن زٹھن
وعظ فرماوان اِتی آو نابیناہ اکھ لش آسو نا وعبداللہ ابن اُمّ مکتوم حضرت سپدِ
ناخوش نہندہ امہ وقتہ ینہ سیت خبر چھا حالِ مجلس ماِ اَیسَہ درینٹھ بی محل ماوِنہ
کانہہ کتھہ یہ نابینا آو بروٹھ کُن دِیُن مہ ہیچہہ نادِ و فلان فلان سورہ حضر تو
فرماوُس صبر کرِ موینہ ٹھہر سولگو بیہ تعجیل کرِنہ حضرت گی ناخوش تمکو اثر سپد ظاہر
بر روی مبارک جبین مبارکس لدُوک چین روی مبارک پھرُوک امس نش اَتی
سپدیم آیاتِ شریفہ نازل عتابہ سان عَبَسَ روی مبارک ژُوکراوُن وَتَوَلّٰی
پھرُن روی مبارک اَنۡ جَآءَهُ الۡاَعۡمٰی امی خاطرہ زِ آو تس نابینا وَمَا یُدۡرِیۡكَ
تُوہہ کیاہ زانزاوہ لَعَلَّهٗ یَزَّكّٰۤی دِوہ سواعما گژھِہ پاک اَوۡ یَذَّكَّرُ فَتَنۡفَعَهُ الذِّكۡرٰی
یا رٹہ نصیحت پس نفع دیہ تس سہ نصیحت رٹن اَمَّا مَنِ اسۡتَغۡنٰی امایُس دنیادار
چھو آسان فَاَنۡتَ لَهٗ تَصَدّٰی پس ژہ چھوک تس کنو توجّہ کران نہ تس کُن پھران
وَمَا عَلَیۡكَ اَلَّا یَزَّكّٰی ژہ کیاہ نقصان گژھِہ اگو نہ سو گژھِہ پاک وَاَمَّا مَنۡ جَآءَكَ
یَسۡعٰی امایُس یوان چھو توہہ نش جلدی کران مشقتہ سان اَمس نابینا سندِ پاٹھِ
وَهُوَ یَخۡشٰی یہوی چھو کھوژان یعنی از خدا فَاَنۡتَ عَنۡهُ تَلَهّٰی پس ژہ چھوک تس
نش روی مبارک پھرِت بین کنو مشغول گژھان كَلَّاۤ یہ لگِنہ کرنو (۱) اِنَّهَا تَذۡكِرَةٌ
تحقیق یم آیات قرانک چھہ نصیحت فَمَنۡ شَآءَ ذَكَرَهٗ پس یس یژہ سو کرِہ ذکرات
قرآنس (۲) فِیۡ صُحُفٍ مُّكَرَّمَةٍ یم آیاتِ کریمہ چھہ لکھت منی دفترن تہ صحیفن اندر
یم عزت کرِنہ آمت چھہ مَّرۡفُوۡعَةٍ بلند تھونہ آمت مُّطَهَّرَةٍ پاک کرِنہ آمت بِاَیۡدِیۡ
سَفَرَةٍ حوالہ کرِنہ آمت لکھن والن اتھہ كِرَامٍ یم بزرگ قدر چھہ بَرَرَةٍ

(۱) یعنے بی باکن تہ بے پرواہن نش یہ خیال تھاوُن کہ تم ین سزہ ونہٹ
تہ طالبانِ صادق محروم کرِن تہ تم اضطرابس اندر تھاوِن یہ ہرگز لگِنہ کرُن (۲)
یمس خوش کرِہ سو کرِہ تت نصیحتس قبول یُسنہ کرِہ متہ کرِتن توہہ تمکو کانہہ ضرر چھونہ۔

نيڪو ڪار ڇَهه (۱) قُتِلَ الْاِنْسَانُ مارئه پئن يعني لعنت پوئي يعني ڪافر مَا اَكْفَرَهٗ ڪوتاه ڪفران نعمت ڪري ٿو ڇهو سو مِنْ اَيِّ شَيْءٍ خَلَقَهٗ ڪهڙي شيءِ مان ان کي پيدا ڪيو خدا تعاليٰ ان مِنْ نُّطْفَةٍ مني هنده آب مان انکي خَلَقَهٗ پيدا ڪيو ان سو فَقَدَّرَهٗ پس اندازو ڪيو تنهن هند ثُمَّ السَّبِيْلَ يَسَّرَهٗ ٿم پيئه پيرسخ وٽ ڪري آسان ثُمَّ اَمَاتَهٗ ٿم پيئه مارن سو فَاَقْبَرَهٗ پس قبر ڪري تنهن ثُمَّ اِذَا شَآءَ اَنْشَرَهٗ پس پله پرهه زنده ڪري تنهن ڪَلَّا به ڪفران نعمت ڪهڙ ڪرون لَمَّا يَقْضِ مَا اَمَرَهٗ وُنه ڪرون نه پئه بمکو امر ڪر خالقن تنهن (۱) فَلْيَنْظُرِ الْاِنْسَانُ پس وهين انسان اِلٰى طَعَامِهٖ پنهنس کهينس ڪنو اَنَّا صَبَبْنَا الْمَآءَ صَبًّا بتحقيق اسه هور آب آسمانه مارئه ثُمَّ شَقَقْنَا الْاَرْضَ شَقًّا ٿمه پئه پهاڙو زمين پهٽنه فَاَنْۢبَتْنَا فِيْهَا حَبًّا پس ڪهاڙاسه اَت زمينس اندر دانه وَّعِنَبًا بيه دهه وَّقَضْبًا بيه ترڪاره وَّزَيْتُوْنًا بيه زيتون وَّنَخْلًا بيه خرزڪل وَّحَدَآئِقَ بيه ديوار دار باغ غُلْبًا گدل ڪل وال وَّفَاكِهَةً بيه ميوه وَّاَبًّا بيه گاسه مَّتَاعًا لَّكُمْ وَلِاَنْعَامِكُمْ نفعه تهنده بابت بيه تهندن جارياڻن هنده بابت (۲) فَاِذَا جَآءَتِ الصَّآخَّةُ پس پله بيه سخت آواز ڪنن زر

(۱) ٿمتن گي ملايڪه مقربين يم صفات ڇهه دلالت ڪران زه يه قرآن ڇهو بيشڪ الله تعاليٰ سنده طرفه ملايڪن آو ڪاتب ونه ڪيبازه ٿم ڪيا ڇهه لوح محفوظه اٿهه قرآن مجيد نقل ڪران بحڪم خدا (۲) اگر سو ٿمسندن حڪمن تعميل ڪره مانه پئن بنده آسن نزاوه ماتله آسو آيندڪس عزتش اميدوار روزنو پڙدن بله ام نافرماني ڪرامس ڪنهه پاٽ شوبه عزتش نه اڪرامس اميدوار روزن ون دپه ما ڪاهه پس گوڏه عزت آسه ڪرنه آمت نش شوبهنه پته بے عزتي ڪرن تهنده حقه فرماوڪ ڪيتاه ڇيز ڇهه ٿم يمن گوڏه عزت ڇهو يوان ڪرنه ليڪن نيه ڇهه ذليل سپدان هرگاه ڪانسه اٿهه منز تردد آسه سو وُڇهن پنهنس طعامس ڪن ڪه ڪمه پاڪ و پاڪيزه گيه ڇهو سو در ابتدا آسان (۳) يم چيز کهت ڪياه ڇهو بنان پئن چيزن گوسه ناپاڪي ڇهه سپدان پئن چيزن شڪمن اندر بيهڻ پاٽ ڪيا شو بنه بروٺهمس عزتش پٽ غره گڙهون يمن چيزن ڇهو بجلدي تغير حال سپدان ـ ليڪن نافرمان انسانه سنده حالس ڇهو تغير نه انقلاب پيدن اڪه مدنه يته ليُن مغرر ڇهو سو گو فَاِذَا جَآءَتِ الصَّآخَّةُ

تراوہ وِن یَوْمَ یَفِرُّ الْمَرْءُ مِنْ اَخِیْہِ یمہِ دُوہہ ژلہِ شخص بابس لِشہ وَاُمِّہٖ وَاَبِیْہِ وَصَاحِبَتِہٖ وَبَنِیْہِ بیہ ماجہ ہِنہ لِشہ بیہ مالس ہِنس لشہ بیہ آشنہ ہِنہ لِشہ بیہ نچون ہِنن لِشہ لِکُلِّ امْرِءٍ مِّنْھُمْ یَوْمَئِذٍ یرت اکِس آسہ لُگو اندرہ یمہ دُوہہ شَاْنٌ یُّغْنِیْہِ کُومہ یہ ڈالِس ہیو فکر ونِشہ (۱) وُجُوْہٌ یَّوْمَئِذٍ مُّسْفِرَۃٌ کِنہ بُتِ آسن یمہ دُوہہ تابان بنورِ ایمان ضَاحِکَۃٌ اسہ وِن مُّسْتَبْشِرَۃٌ شادتہ خوش روزہ وِن وَوُجُوْہٌ یَّوْمَئِذٍ عَلَیْھَا غَبَرَۃٌ کِنہ بُوتھہ آسن یمہ دوہہ یمن پیٹ آسہ گردتہ تیرگی کفرچہ تہ شرکچہ تَرْھَقُھَا قَتَرَۃٌ وِلہ یمن سیاہی اُولٰٓئِکَ ھُمُ الْکَفَرَۃُ الْفَجَرَۃُ یمی گے کافر بدکار۔

| سورہ تکویر چھِو مکی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | کُنترہ آیہ (۲) |
| --- | --- | --- |

اِذَا الشَّمْسُ کُوِّرَتْ یلہِ آفتاب وُٹنہ یِیہ (۳) وَاِذَا النُّجُوْمُ انْکَدَرَتْ یلہِ تارک گٹِ گژھن وَاِذَا الْجِبَالُ سُیِّرَتْ یلہ کوہ پکنا وِنہ یِن (۴) وَاِذَا الْعِشَارُ عُطِّلَتْ

(۱) لوکن آسن زہ قسم اکھ آسن عزتس تہ آرامس اندر اکھ آسن ذلتس تہ تکلیفس اندر (۲) یتِ سورہ شریفس منز چھِہ واقعاتِ قیامت بیان کرنہ آمت چنانچہ حدیثِ شریف چھِو بروایت عبداللہ بن عمر رضی اللہ عنہما فرماو حضرتِ رسول کریمن صلی اللہ علیہ وسلم یس اکِس خوش کرِہ قیامت وچھن وارہ اچھو سیت سو پرِن سورہ اذا الشمس کورت بیہ اذا السماء انفطرت۔ بیہ اذا السماء انشقت (۳) تکویرُک معنی چھِو لغتس اندر وٹُن کانہہ چیزہ چنانچہ دستار لاگس چھِہ وَنان عربی پاٹھِ کورُ العمامہ سوکیا چھِو یوان وُٹنہ یملس پیٹ ہِنس یلہِ آفتابکہِ وٹنہ اندرہ نِمکو بے نور سپدُن بطریق استعارہ مُراد آسِنت گویا تمکس نہ والِ نورس آو تشبیہ دِنہ گونہ بڈہ پلوکس وٹنہ ہِنس سیت لیکن نہ چھُونہ ہرگز مُراد بیہ مرزائے کاشرِس تفسیرس منز وِننہ آمُت چھُونہ چھِو محض غلط تہ مخالفِ تفسیرِ نبوی صلی اللہ علیہ وسلم آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلمو چھِو حدیث شریفس اندر صاف لفظن اندر فرماومُت الشمس والقمر ثوران تکوران یوم القیمۃ آفتابہ تہ زُون آسہ زہ ژامنہ مُنجہ ہشہ (بی نور) وُٹنہ یِن قیامتکہ دوہہ یعنیہ چھِو سوی واقعہ اللہ تعالیٰ ژرنس پاوان امہ اندرہ چھُونہ مراد روحانی نظامس خلل سپدُن یا بیہ کِنہ بِتھہ پاٹھِ مرزای کاشرِس تفسیرس اندر وِننہ آمُت چھِو (۴) مرزای کاشرِس تفسیرس اندر چھِو یمہ آیہ کریمکو معنی تہ ترجمہ بالکل غلط مطلب چھُنہ کینہہ۔ سُیِّرَتْ چھِو

بلہ بار دار اُونٹنہ ہِن دہ رِت آسَن گبِھت حملک تراونہ ین (۱)، وَاِذَا الوُحُوشُ حُشِرَت
بلہِ جانورانِ وحشی سُنبرنہ ین (۲)، وَاِذَا البِحَارُ سُجِّرَت بلہ دریا تاونہ ین (۳)، وَاِذَا

درامُت یسنٔبیرہ نشہ نسٔبیر گو یکہ ناوُن ہِتم چھو لکھمت سُبّرت گو بلہِ دُورین
کرنہ تہ ثلنہ ین معمولی سَوادنہ یس آسہ یُوتہ ہکنہ اَت لفظس یہ ترجمہ کرِت توٗہ پتہ چھُون
ونمُت اکو مطلب تی یُس تفسیرِ خداوندیس بالکل خلاف چھو اللہ تعالیٰ چھو فرماوان وتری
الجبال تحسبھا جامدۃ وھی تمرّ مرّ السحاب (۱) یمہ آیہ کریمکو معنی تہ تفسیرتہ چھو مرزای
کاشرس تفسیرس اندر غلط وننہ آمُت لفظِ عِشارس چھو معنی اونٹِنہ (مادہ) بلکہ یمہ اونٹنہ
یمن دہ رِت آسَن گبِھت حملس عِشار چھو لفظ جمع اکو واحد چھو عشراءُ تم چھو ونمُت
امہ لفظکو معنی اونٹ (نر) ین نہ بُور تُلنس بکار (چہ خوش)، حالانکہ ہندوستانس منز
باوجود باربرداری ہند مختلف اسباب مہیّا آسِت (مثل ریل وغیرہ) چھِنہ کونہِ جایہ اونٹ
بیکار نہاونہ آمِت بیاک تفسیر چھون ونمُت {یمہِ سیت امسندہ قابلیتک پورہ پتہ لگان
چھو} کہ عِشارہ اندرہ چھو مُراد زمینک عُشر ہُن سپدِہ موقوف (زہے) کونہ لغتس اندر
چھونہ عُشرُک جمع عِشار وننہ آمُت بلکہ چھو عشرُک جمع اَعشار یا عشُور بیاک گو عِشار
یہ چھو جمع عَشراء ینھہ پاٹھِ نِفاس چھو جمع نُفساء اصل مراد چھو یمہ آیہ کریمکو زہ بلہِ
باردار اونٹنہ ین بلہ تراونہ راچھہ ورای باوجودِ آنکہ یمہ چھہ نہایت نفیس مال ہوان
خیال کرنہ خصوصاً عربس اندر مگر قیامتکہ شدّتِ ہولہ سببہ آسنہ کانہنہ یمن کُن توجہ
کران تہ پرژھلن (۲) کیاژہ کوہ بلنہ ینِس حالس تہ بیائِنس ہِٹ روزن یمن کوہن ہند
جانورین میدانن منز وسِت نہ سمن اکوٹہ سارِی اِچ مثال چھہ اَزنہ لبنہ یوان کہ بعضی
کوہن ہٹ بلہِ سردی تہ شین بشدّت پوان چھو اِتی چھہ تتک جانورین جاین منز
وسِت یوان مرزاے کاشر تفسیرہ والِ چھو یمہ آیہ کریمکو مطلب تہِ غلط بیان کرمُت
ینھنہ دینس تہ عقلہ سیت کانہہ واٹھاہ چھو (۳) یمہ آیہ کریمُک ترجمہ تہ تہ مطلب تہِ چھو
کاشرس مرزاے تفسیرس منز بالکُل غلط بیان کرنہ آمُت سُجّرت چھو لسنجیرہ منزہ درامُت لسنجیر
کو گرم کرنو لغتس اندر چھو نہ کونہِ جایہ اکو معنی خشک کرون یہ گو محض تحریف مراد چھو امہ اندرہ
زہ دریاین گرم کرنہ ہِتم سپدن دِہ نہ نار سورلہِ ہواس سیت یمہ سببہ ہوا سپدِہ سخت گرم
تکلیف دِنہ ول {یم تہ چیز سپدن پوغکہ گو ڈنگہ فوکہ سیت یُس عالمکہ فنا کرنہ خیطرہ آسہ}

النُّفُوسُ زُوِّجَتْ یلہِ روح ملہِ وَنہٕ ین بدنَن سیت (۱) وَاِذَا الْمَوْءُدَةُ سُئِلَتْ
یلہ زندہ قبرہ لزہ مژہ کورہ پرژھنہ ییہِ بِاَیِّ ذَنْبٍ قُتِلَتْ کمہ گنہہ آیہ مارنہ (۲)
وَاِذَا الصُّحُفُ نُشِرَتْ یلہ نامہ ہاےِ اعمال مُوژرنہ ین (۳) وَاِذَا السَّمَآءُ كُشِطَتْ
یلہِ آسمان ییہ زلنہ یوست ییس تُلنہ (۴) وَاِذَا الْجَحِیْمُ سُعِّرَتْ یلہ دوزخ ییہ
تاوَنہ وَاِذَا الْجَنَّةُ اُزْلِفَتْ یلہِ جنت ییہِ نکھہ اننہ (۵) عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّا اَحْضَرَتْ
زانہِ یرت اکھہ یہ حاضر کرمُت آسَس از نیکی و بدی فَلَآ اُقْسِمُ بِالْخُنَّسِ یس قسم چھسو

---

(۱) یمہِ آیہ کریمکو مطلب نہ چھو مرزاے کاشرس تفسیرس منز محض غلط نہ لغو نہ
بی دلیل وننہ آمُت یسُو سلفِ صالحینَن یعنی حضراتِ صحابہ مثلِ حضرتِ عبد اللہ
بن عباس وغیرن ہندس تفسیرس بالکل مخالف چھو۔ یمو چھو فرمودمُت اَکھ معنی
یلہِ روح ین یلہِ وَنہ بدنن سیت (۲) یمہ آیہ کریمکو مطلب چھو نہ مرزاے کاشرس
تفسیرس منز وننی آمُت کیازہ یت چھسنہ برابری آمژ ہُمن خرافات و واہیاتن سیت
(۳) یمہ آیہ کریمکو مطلب نہ چھو مرزاے کاشرس تفسیرس اندر محض لغو وننہ آمُت
یُس آیاتِ کریمن نہ احادیث شریفن مخالف چھو (۴) یعنی یلہ آسمان موژرنہ ییہ (کشط
چھہِ وَنان کاسنہ جاندارس مُسلَہ والنس امہ اندرہ چھو مُرادتی یہ اذا السَّمَآءُ انفطرت
اذا السَّمآءُ انشقت اندرہ چھو بیاک گو یہ کینژاہ مرزاے کاشرس تفسیرس منز وننہ آمُت چھو
نہ چھو محض غلط نہ باطل (۵) یم شہ چیزِ ین لبنہ یونکہ دویمہ فِقرَ ینہ کُل چھہِ یم یِتِ سورہ
شریفس منز بہ چیز یمَن بہوِن چیزن ہند تفسیر چھو مرزاہی کاشرس تفسیرس منز محض غلط
نہ باطل وَننہ آمُت اِصل چھہِ یم جاہلانہ تاویلات مرزہ قادیانِ قیامتس پژہ نہ کرنکس
بناءس یٹ ومِنت یمو نہ چھہ تس پیروی کرمژ فضلَّ واضلّ حدیث شریفس اندر چھو
فرماوُمت حضرت صادقُ المصدوق صلی اللہ علیہ وسلم یمو یہو چیز و اندرہ چھہ مراد وقعات
قیامت ییہ نہ کِنہ چنانچہ در صحیح ترمذی و مسندِ امام احمد حنبل چھو بروایت حضرت عبد اللہ
بن عمر رضی اللہ عنہما قال رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم من سرہ ان ینظر الی یوم القیمۃ
رای عین فلیقرأ اذا الشمسُ کُوِّرت واذا السَّمآءُ انفطرت واذا السَّمآءُ انشقت یعنی
فرماو رسولِ کریمن صلی اللہ علیہ وسلم یس اکس خوش کرہ قیامت وچھن وارہ اچھو ییِنِ سو پرن سورہ اذا الشمسُ
کُوِّرت بیہ اذا السماءُ انفطرت بیہ اذا السماءُ انشقت یہو گیا گو حق نہ پزِ یزہ ورای چھینہ کِنہتہ سوای گمراہی

بوٗ ہاوان پنٕو پھیرتھ گژھہ وٕنۍ تارکن ہُند (۱) اَلْجَوَارِ یم سیر کرہ وِنۍ چھہ (۲) اَلْكُنَّسِ
یم غیب گژھہ وِنۍ چھہ (۳) وَالَّیْلِ اِذَا عَسْعَسَ قسم راژ ہُند یلہ پھیرتھ گژھُن ہوان
چھہ (۴) وَالصُّبْحِ اِذَا تَنَفَّسَ قسم صبحکو یلہ دمیدہ چھُو سپدان (۵) اِنَّهٗ لَقَوْلُ
رَسُوْلٍ كَرِیْمٍ پزپاٹھِ یہ قرآن چھُو پرُون سوزنہ آمتِس اکِ سُندیس مرتبہ کِن بڈٕ
چھُو خدا تعالیٰ اَس لَنٛش (۶) ذِیْ قُوَّةٍ قوتہ والو چھُو عِنْدَ ذِی الْعَرْشِ مَكِیْنٍ

(۱) یم سِدٕ پکان پتہ پھیرتھ پکُن ہوان چھہ (۲) یم پنٕو پنٕوی سیر کران کران
یہ چھہ پننِ مطالِعن اندر پوشیدہ سپدان یم حالات چھہ سپدان پانژن تارَن چنانچہ
ازحضرت علی مرتضیٰ کرم اللہ وجہہ بیہ از مفسّرین صحابہ چھُو نقل کرنہ آمُت زہ تمو ستارو
اندرہ چھہ مراد تم ستارہ یمن خمسہ متحیرہ وَنان چھہ تم گے زُحل مُشتری عطارد مریخ
زُہرہ یمن پانژن تارن یہ حال سپدُن چھہ صریح دلیل پتہ کِنہٕ یٹ زہ آسمانی
چیزن تغیر گژھُن تہ انقلاب سپدُن چھُو نہ کونہ قسمہ مشکل تہ دشوار۔ بلکہ چھُو سہل تہ آسان
(۳) یا یلہ پھیرتھ یوان چھہ (۴) لفظ عسعس چھُو از اضداد انہٕ چھہ دوشوی معنی پھیرتھ
ینکونہ پھیرتھ گژھنک تہ مگر زیادہ مناسب چھُو یتِنس گوڈنکوی معنی یعنی (یلہ رات
پھیرتھ یوان چھہ) کیازہ یمن جاین چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَالَّیْلِ اِذَا یَغْشٰی وَالَّیْلِ
اِذَا سَجٰی یمن جاین چھُو مطلب یلہ رات یوان چھہ تہ عالم تاریک سپدان چھُو (۵) یعنی
یلہ سوٗ پھلان چھُو یمن دون وقتن ہُند ہاوُک قسم۔ کیازہ یم چھہ زہ نشانہ قیامتک شامس
یمہ وقتہ رات یوان چھہ تمہ ساتہ چھُو عالمس اندر اکھ عجیب انقلاب سپدان وان تہ گرہ چھہ
یوان بند کرنہ ینُن گژھُن پھیرن تھورُن چھُو یکدم معطل سپدان لوکھ چھہ گرن منز شونگتھ
مردہ ہیہ یوان اَتھ چھُو تشبیہ عالمکس فنا سپدنس سیتھ یہ نفخۂ اوٗلیٰ سیتھ سپدِ امہ پتہ یلہ
صبح چھُو سپدان تہ دوہ چھُو یوان تمہ ساتہ چھُو عجیب اکھ حالہ نمودار سپدان لوکھ چھہ وتھان
گرو اندرہ نیران اُورہ یور یوان تہ گژھان انہٕ چھُو تشبیہ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنس سیتھ یہ
دوہمہ فوکہ سیتھ سپدِ قیامتکہ دوہہ گویا اللہ تعالیٰ چھُو قیامتکن مُنکرن ہاوِتھ دِوان زہ
سانہ حکمہ چھُو روزمرہ تارن تہ شب و روزس تغیر و تبدیل تہ انقلاب عظیم سپدان (۶) یتھ آیہ
کریمس اندر چھہ قولس آمتِ اضافت کرنہ رسُولس کُن یہ گیہ اضافت بادنیٰ ملابست (یعنی معمولی کونہ تعلقہ
سببہ) یہ چھُو عربی کلامس اندر اکثر یوان کرنہ یتِنس چھہ سہ ادنیٰ ملابست ایزہ جبریلِ امینہ

عرشہ والس نشہ چھو باوقار و عزّت مُطاعٍ ثَمّ فرمان برداری کرنہ آمُت چھو تتہ
یعنی در ملکوت اَمینٍ امانت دار چھو غیبکن اسرارن پٹھ (۱) وَمَا صَاحِبُکُمْ
بِمَجْنُوْنٍ چھو نہ یار تُہند یعنی پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم دیوانہ وَلَقَدْ رَاٰہُ بِالْاُفُقِ الْمُبِیْنِ
بہ تحقیق وچھوام سو ملک برصورتِ اصلی آسمانکس اندس پٹھ یُس نُن چھو (۲) وَمَا ھُوَ
عَلَی الْغَیْبِ بِضَنِیْنٍ چھو نہ یہ پیغمبر کھٹت علمس پٹھ بخل کرہ وُن سو گو وحی یعنی از وحی
یہ واتان چھوس نہ چھوہ توہہ چھیہ ناوان (۳) وَمَا ھُوَ بِقَوْلِ شَیْطٰنٍ رَّجِیْمٍ
چھو نہ یہ قرآن پرون کڈت ژہنہ آمُتس شیطانہ سُند فَاَیْنَ تَذْھَبُوْنَ پس کتو گژھو (۴)
اِنْ ھُوَ اِلَّا ذِکْرٌ لِّلْعٰلَمِیْنَ چھو نہ یہ قرآن مگر نصیحت سارنی عالمین لِمَنْ شَآءَ
مِنْکُمْ اَنْ یَّسْتَقِیْمَ یمن یژھن توہہ اندرہ اینکہ راستہ نہ سد روز در راہ خدا (۵)
وَمَا تَشَآءُوْنَ اِلَّآ اَنْ یَّشَآءَ اللّٰہُ رَبُّ الْعٰلَمِیْنَ یژھو نہ توہ تہو تام نہ یژھہ عالمن پروردگار (۶)

سندی ذریعہ کیا آسو یہ قرآن مجید نازل سپدان (۱) یعنی یہ معمولی شخص چھو نہ زہ
اُمسند ذریعہ نہ واسطہ کیا ییہ نامعتبر خیال کرنہ بلکہ چھو یہ نہایت جلیل القدر تہ معتبر
شخص خلاصہ چھو ایزہ خدای تعالی سندس کلامس چھیہ توہہ تامت زی واسطہ
اکسند صفات چھیہ امہ قسمہ عدل تقوی وضبط وحفظکہ اعتبارہ یم بوزوہ دوہم گو
سو صاحب یمسند کمالات عقلی وزیرکی توہہ تہندہ تولد سپدنہ پٹھے معلوم چھیہ تم چھیہ
منزہ تہ پاک افتراء کرنہ نشہ لہذا سپد دوشون راوین ہند تعدیل پور پاٹھ (۲) یمہ آیہ
کریمہ سیت سپد ثابت زہ یمن دون راوین چھو ملاقات تہ یا توان سپد مُنت ییوا ز لوازم
روایت چھو ییں رودنہ کونہ قسمہ شکھاہ نہ تردداہ قرآن مجید کس کلام الٰہی آسنس اندر
(۳) یعنی یتھہ پاٹھ کاہنن ہند عادت چھو بخل کرون نہ ہرگز یہند طلفت چھو نہ (۴)
یعنی یس کت طرفن تہ کمن خیالاتن منز بڈ و سو واقعی تحقیقی امور تراوت کیازہ چھوہ گژھان
تمنی خیالاتِ فاسدن کُن یمن ہند ناممکن آسُن ظاہر چھو (۵) کیازہ قرآن مجیدک
معانی ومطالب بوزنس اندر کجروی کرن چھیہ دلس زیادہ قساوت پیدہ کران
(۶) یعنی سو پروردگار یمن ہند ہدایت یژھہ یمن کرہ ہدایت امہ قرآن مجیدہ
سیت یمن ہند نہ سو یژھہ یمن کہنہ ینہ نہ بلکہ ہُرن یمن دِلک مرض فی قلوبھم
مرضٌ فزادھم اللہ مرضًا

| سورۃ انفطار چھوکی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | کنوہ ۱۹ آیہ |
|---|---|---|

اِذَا السَّمَآءُ انْفَطَرَتْ بلہ آسمان پھٹہ (۱) وَاِذَا الْکَوَاکِبُ انْتَثَرَتْ بلہ تارک
چھکرنہ ین وَاِذَا الْبِحَارُ فُجِّرَتْ بلہ دریا پکنا ونہین بزور وَاِذَا الْقُبُوْرُ بُعْثِرَتْ
بلہ قبرہ پراٹنہ ین۔ عَلِمَتْ نَفْسٌ مَّا قَدَّمَتْ وَاَخَّرَتْ زانہ یرت اکھاہ برونٹھ
بہ لدون تہ پت بہ تراون یٰاَیُّهَا الْاِنْسَانُ ای آدمی مَا غَرَّکَ بِرَبِّکَ الْکَرِیْمِ
کم چیزن دتوی فریب نہ باز ینس پروردگار بزرگہ سندہ بیت (۲) اَلَّذِیْ خَلَقَکَ
یم پیدا کروک ژہ فَسَوّٰکَ پس سُدکرن تان چانِ فَعَدَلَکَ پس برابر تہ معتدل
کرون قدچانو فِیْٓ اَیِّ صُوْرَةٍ مَّا شَآءَ رَکَّبَکَ ینت صورتس اندر یژھون تت
اندر دِژنی ترکیب کَلَّا یہ فریب لگنہ کھنو (۳) بَلْ تُکَذِّبُوْنَ بِالدِّیْنِ بلکہ توہ چھوہ
اپز گنزران جزا دِنو عملن وَاِنَّ عَلَیْکُمْ حالانکہ یژ پاٹ توہ پیٹ چھہ تہاونہ آمت
لَحٰفِظِیْنَ البتہ راچھہ کِرَامًا نی چھہ بڈِ خدایس نش کَاتِبِیْنَ نی چھہ لکھن وال
یَعْلَمُوْنَ مَا تَفْعَلُوْنَ زانان چھہ یہ توہِ کران چھوہ نیکی و بدی (۴) اِنَّ الْاَبْرَارَ
لَفِیْ نَعِیْمٍ یژ پاٹ نیکو کار چھہ البتہ نعمتس اندر وَاِنَّ الْفُجَّارَ لَفِیْ جَحِیْمٍ یژ پاٹ
بدکار چھہ البتہ دوزخس اندر یَصْلَوْنَهَا یَوْمَ الدِّیْنِ اژن تت جزاکہ دوہہ
وَمَا هُمْ عَنْهَا بِغَآئِبِیْنَ چھنہ تم یمہ دوزخہ نش ہرگز غایب گژھون یعنی ہمیشہ چھہ تت (۵)

---

(۱) تمکہ پھٹہ ہچ کیفیت چھہ اللہ تعالیٰ اَن ہین جایہن بیان کرمژ زہ اک ابرہ سِیدہ پیدہ ہمی
بیت سیدہ آسمان ریزہ ریزہ یوم تشقق السماء بالغمام الآیہ (۲) یعنی یم پروردگارن
ینہ صفت کرمہ موجب زہ سیت معاملہ کر مگر ژہ تہاوُت باوجود آن پانس پیٹ
نافرمانی ہندنہ مخالفتک داغ یسو فضیلتہا ژہ عطا کِریا یو ہین مخلوقاتن پیٹ
سوکرِت برباد نہ ضایع (۳) یعنی خداوند کریمہ سندس کرمس پیٹ اعتماد کرِت تمن نافرمانی
گنہ کرن کیا زہ یہ اعتماد کرون چھو موقوف قیامتکہ دوہچ پژہ آسنس پیٹ توہہ گنہ
چھوہ پچ پژہی بل تکذبون بالدین الآیہ (۴) ادی ساسس پردس تل تہ گرو
لوتہ چھوہ ہمن معلوم سیدان (۵) دنیا دس منز ہینہ باپھہ حاکمن ہندہ سزاہ نشہ ژلنہ سیت
تہ رو پوش روزنہ سیت انسان ینن پان بچراوان تہ مو کلاوان چھو تتھہ پاٹ یمہ
عذابہ نشہ ژلن نہ رو پوش روزن ہینہ نہ

وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا يَوْمُ الدِّيْنِ کیاہ چیز زانراوِی ژہ ای آدمیہ کیاہ چھو سُو
جزاۂک دوہ ثُمَّ مَآ اَدْرٰىكَ مَا يَوْمُ الدِّيْنِ بیہ چھوس وَنان کیاہ چیز زانراوِی
ژہ کیاہ چھو سو جزاۂک دوہ يَوْمَ لَا تَمْلِكُ نَفْسٌ لِّنَفْسٍ شَيْـًٔا یہ دُوہ ہکِہ نہ
کانہہ اکھاہ کانسِہ اکِس کِنہ نفعہ واتناوِتھ یانہ وَالْاَمْرُ يَوْمَئِذٍ لِّلّٰهِ حکم نہ
فرمان یمہ دوہکُ چھو خداتعالیٰ اَس۔

| سورۂ تطفیف چھو مکّی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | شٹیہ ترٛہ آیہ |
|---|---|---|

وَيْلٌ لِّلْمُطَفِّفِيْنَ وائے تہ افسوس لوکہ ہُند حق گالوِن الَّذِيْنَ اِذَا اكْتَالُوْا
عَلَى النَّاسِ يَسْتَوْفُوْنَ یم یلہ یاِلَس کتھ مینن لوکہ ہُند پورِہن وَاِذَا كَالُوْهُمْ
اَوْ وَّزَنُوْهُمْ یلہ مینت یا تولِت دِن ہنُون لوکن يُخْسِرُوْنَ چھون دِن اَلَا يَظُنُّ
اُولٰٓئِكَ آیا زانان چھِنا تم یژہ چھِنا تِمن اَنَّهُمْ مَّبْعُوْثُوْنَ لِيَوْمٍ عَظِيْمٍ
اینکہ تولنہ ین تم بڈہ دوہہ اکِہ خیطرہ يَوْمَ يَقُوْمُ النَّاسُ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ یمہ دِہ
اِستادہ روزن لوک پیش پروردگار عالمین گلّا پزپاٹھ اِنَّ كِتٰبَ الْفُجَّارِ
لَفِيْ سِجِّيْنٍ البتہ گنہگارن ہند نامۂ اعمال چھو سجینس اندر وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا سِجِّيْنٌ
کیاہ چیز زانراوِی ژہ کیاہ چھو سجین یعنی جایہ چھِہ باہول وہمیت كِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ نامۂ
اعمال چھو کتابہ لکھنہ آمُت (۱) وَيْلٌ يَّوْمَئِذٍ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ وائے نہ افسوس چھو تِمہ
دوہہ پزس اپُر گنزرہ وِن الَّذِيْنَ يُكَذِّبُوْنَ بِيَوْمِ الدِّيْنِ یم اپُز گنزرن
جزاۂکِس دوہس وَمَا يُكَذِّبُ بِهٖٓ اِلَّا كُلُّ مُعْتَدٍ اَثِيْمٍ اپز گنزرِنہ تت مگر یرِت
حدہ ڈلونہ بدکار اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا یلہ پرِنہ ین تس یٹ آیات سان قَالَ
دِیہ سو اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ یم چھِہ برونٹھِمن ہِندا فسانہ گلّا نہ چھونہ (۲) بَلْ

(۱) یعنی سجین گو سو دفترِ تہ سہ بڈ کتاب یسہ لکھنہ آمژ نہ نشانہ نھاونہ آمژ چھِہ۔ تت
اندر چھِہ جھنمین ہندنا ولکھنہ آمت ملایک چھِہ فجارن ہند نامۂ اعمال تت کتابہ اندر
امسندِس ناوس تل درج کران گویا چھِہ خامہ ہٹہ پچتس کُن ناران تت چھونہ ادہ کُونہ
قسمہ تغیر و تبدیل سپدنک احتمال و زان سجین چھو صیغۂ مبالغہ سجنہ منزہ مشتق سجن گو
قیدخانہ تت دفترس آو ناو نھاونہ قیدخانہ کیازِ ژہ یمہ موجب کیا ین نافرمان جھنمس
بڈس قیدخانس منز واتناونہ (۲) یعنی یم آیات برونٹھِمن ہندا فسانہ چھِنہ یہ گرٹھنہ

رَانَ عَلٰی قُلُوْبِهِمْ مَّا کَانُوْا یَکْسِبُوْنَ بلکہ کھی گنڈ نہ سیاہی کردِن تِہندِن
ہم تیہ تم کران آسِ کَلَّآ اِنَّهُمْ عَنْ رَّبِّهِمْ یَوْمَئِذٍ یزِ باٹ ہم چھہ تِمن پروردگارس
نِشہ ہمہ دھہ ۔ لَمَحْجُوْبُوْنَ البتہ ٹھر کرنہ آمت ثُمَّ اِنَّهُمْ لَصَالُوا الْجَحِیْمِ ہمہ
پتہ یزِ باٹ ہم چھہ البتہ اژہ ونِ دردوزخ ثُمَّ یُقَالُ ہمہ پتہ ییہ ونہ یتِن هٰذَا
الَّذِیْ کُنْتُمْ بِهٖ تُکَذِّبُوْنَ یہی چھو نہ یتَ تُوہ آسوہ اپُز گنزراوان کَلَّآ
یزِ باٹ اِنَّ کِتَابَ الْاَبْرَارِ لَفِیْ عِلِّیِّیْنَ بہ تحقیق نامۂ اعمال نیکو کارن ہند چھو
البتہ عِلّیینس اندر سو چھو بر آسمان ہفتم عرشس تَل وَمَآ اَدْرٰکَ مَا عِلِّیُّوْنَ
کیاہ چیز زانراوِی ژہ کیہ چھو سو علیئین یعنی جایہ چھہ بلند کِتٰبٌ مَّرْقُوْمٌ نامۂ
اعمال ابرارن ہند چھو کتابہ لکھنہ آمژ (۱) یَّشْهَدُهُ الْمُقَرَّبُوْنَ حاضر سپن تت
نکھہ نزدیک کرنہ آمت ملایک (۲) اِنَّ الْاَبْرَارَ لَفِیْ نَعِیْمٍ یزِ باٹ نیکو کار چھہ
البتہ نعمتس اندر در جنت عَلَی الْاَرَآئِکِ یَنْظُرُوْنَ تختن پیٹھ چھہ وُچھان پرتھ
طرفس کُن تَعْرِفُ فِیْ وُجُوْهِهِمْ نَضْرَةَ النَّعِیْمِ پرزنک ژہ تِہندن بُتھن اندر
تازگی نعمچ یُسْقَوْنَ مِنْ رَّحِیْقٍ مَّخْتُوْمٍ چاونہ ین شراب خالصہ اکھ نشہ سُوی
آسہ سفید خوشبو سوی آسہ سر بمہر خِتٰمُهٗ مِسْکٌ مہر تچ آسہ مومہ بدل نہ لاچھہ
بدل مشک نافہ وَفِیْ ذٰلِکَ اَت شراب پاکس اندر فَلْیَتَنَافَسِ الْمُتَنَافِسُوْنَ

---

ہرگز نزِہ پتھ ہن کیازہ جزا تہ سزا واقع سپدون بیہ حفہ والن خنی واتناون یہ
چھو ثابت عقلی و نقلی دلیلو سیت یہ ثابت چھہ اگر بالفرض ہتو دلیلو سیت منکرن
کِنہ تسلی سپدنہ سو چھو نہ ہمن دلیلن ہند قصور بلکہ چھو تِہندین دلن ہند قصور کیازہ تِہندن
دلن چھہ کھے نہ زنگار لگمت (۱) یعنی علیین چھو سو دفتر نہ سہ بڈ کتاب یتھ منز نیکو
کارن تہ جنتین ہند ناد لکھنہ آمت چھہ تِت گنا بہ تہ چھو نشانہ تِہاونہ آمت یمہ سیت
برن کانسہ چھو معلوم سپدان ایزہ یتھ منز چھہ جنتین ہند ناو پرت نیکو کارہ سُند
نامۂ اعمال چھہ ملائک تتھ کتابہ اندر تِہندس ناوس تل درج کران (۲) ملایکۂ مقربین
چھہ تت نشہ حاضر سپدان از حضرت عبداللہ بن عباس رضی اللہ عنہما چھو مروی کہ
سو دفتر چھو اکس سبز زمرد چہ پچہ پیٹھ سہ ہٹ چھہ عرش مجید کس دچھنس کھورِس
آویزان آمژ تھاونہ ۔

پس رغبت کرن رغبت کرہ وِن (١)، وَمِزَاجُہٗ مِنْ تَسْنِیْمٍ ملہ وُن تمکو آسہ ازآب چشمہ تسنیم حضرت ابن عباسن دیو سو آب چھو عرشہ تلہ وسان جنتس کُن جنتکو ساروِی آبو اندرہ چھو بہنر عَیْنًا مراد چھو چشمہ یَّشْرَبُ بِهَا الْمُقَرَّبُوْنَ چن تمہ نش نزدیک کرنہ آمت بندگان خاص اِنَّ الَّذِیْنَ اَجْرَمُوْا یز پاٹھ بم بدکار آسی مشرک کَانُوْا مِنَ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا یَضْحَکُوْنَ آسن مسلمانن اسان وَاِذَا مَرُّوْا بِهِمْ یَتَغَامَزُوْنَ بلہ پکان آسن مسلمانن کن اچھہ ناٹہ آسن کران حقارتہ کن وَاِذَا انْقَلَبُوْا اِلٰۤی اَهْلِهِمُ انْقَلَبُوْا فَکِهِیْنَ بلہ پھیرت آس گرٹھان پننن باژن کُن پھیرت آسن گرٹھان خوشی کران یمو کا موسیت وَاِذَا رَاَوْهُمْ قَالُوْۤا اِنَّ هٰۤؤُلَآءِ لَضَآلُّوْنَ بلہ وچھان آسی یم مشرک یمن مسلمانن دپان آس البتہ یم چھہ ڈلمت گمراہ گیمت وَمَاۤ اُرْسِلُوْا عَلَیْهِمْ حٰفِظِیْنَ حالانکہ سوزنہ آس نہ آمت یم یمن مسلمانن پٹ راچھہ فَالْیَوْمَ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا مِنَ الْکُفَّارِ یَضْحَکُوْنَ پس از کہ دوہہ یعنی قیامتکہ دُوہہ آسن مسلمان کافرن اسان عَلَی الْاَرَآئِکِ یَنْظُرُوْنَ تختن پیٹ آسن وچھان یمن کافرن ہند حال نہ رنگارنگ عذاب دپان آسن هَلْ ثُوِّبَ الْکُفَّارُ مَا کَانُوْا یَفْعَلُوْنَ آیا جزا آوہ دنہ کافرن یمہ موجب یہ یم کران آس یعنی استہزاتہ مسخرگی۔

| سورہ انشقاق چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | پنژہ آیہ |
|---|---|---|

اِذَا السَّمَآءُ انْشَقَّتْ بلہ آسمانس شگاف سیدہ وَاَذِنَتْ لِرَبِّهَا کن تہاوہ پننس پروردگارہ سندس فرمانس وَحُقَّتْ سزاوار چھو آسمان کن تہاونس وَاِذَا الْاَرْضُ مُدَّتْ بلہ زمین زیٹھراونہ ییہ (٢)، وَاَلْقَتْ مَا فِیْهَا ییہ ترا وہ بزیہ نت اندر چھو خزانہ نہ مُردہ وَتَخَلَّتْ خالی سپدہ وَاَذِنَتْ لِرَبِّهَا کن تہاوہ پننس پروردگارہ سندس حکمس وَحُقَّتْ سزاوار چھہ زمین نت کن تہاونس یٰۤاَیُّهَا الْاِنْسَانُ اِنَّکَ کَادِحٌ ای آدمی یزپاٹھ ژہ چھوک کامہ کرہ وُن بنلاش (٣)، اِلٰی رَبِّکَ پننس

(١) یعنی حرص تہٕ رغبت کرنک چیز گے یہی۔ یمنی چیزن اندر شوبہ حرص تہٕ رغبت کرون دنیا چن فانی نعمتن کن شوبنہ حرص نہ رغبت کرون (٢)، یہوتت منزوژن ساری ملایک نہ جن نہ انسان اولین وآخرین (٣)، کیازہ ژی اندر کیا چھو تہاونہ آمت خدائیں لشہ

حده ڈلان (۱) آن ژاہُ اسْتغْنٰی بلہ وُچھان چھو پانس بی نیاز سپدمُت مالہ سیت اِنَّ اِلٰی رَبِّکَ الرُّجْعٰی پز پاٹھ چانِس پروردگارس کنو چھو رجوع تہ بازگشت سارنی تہ ین بکار عملہ تہ اینہ بکار مال اَرَاَیْتَ الَّذِیْ یَنْھٰی عَبْدًا اِذَا صَلّٰی آیا وُچھان چھو ہنہ سو کافرِس منع چھو کران بندس اکس بلہ نماز چھو پران سو (۲) اَرَاَیْتَ اِنْ کَانَ عَلَی الْھُدٰی آیا وُچھان چھوکنا ہرگاہ آسہ سوی بندہ راہ راستس پیٹھ پانہ (۳) اَوْ اَمَرَ

(۱) کلّا چھو عربس منز از حروف ردع - یعنی یمو حرفو اندرہ یوسیت مخاطب چھو کو نہ کامہ نشہ پت یوان رٹنہ - بیہ چھو بعضی آسان بمعنی حقا - تحقیق وتاکیدہ خبطرہ - چنانچہ تتین چھو بتی تحقیقہ کی معینہ - مرزای کاشرس تفسیرس اندر چھوات لفظس غ ردعکہ معنبہ سیت ترجمہ آمت کرنہ - نہ تحقیقکہ معنیہ سیت - بلکہ چھو تم بدلی اک معنیاہ ونمت یُس بظاہر تفنیک معنی سپدان چھو ینت پیٹھ نہ یہ لفظ کو نہ قسمہ دلالتھی چھو کران - یی گے علامات ونشانہ بیخبری وبعلمی ہند - اتہ پتھہ چھہ یم آیات کریمہ برونٹھمیو آیات کریمو پتہ واریاہ کال نازل سپدمت - یمن آیاتِ کریمن ہند شان نزول چھو ایزہ اکہ دوہہ وچھہ ابوجہلن حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم نماز پران دپنہ لگومی وار یہ پھرہ توہہ امہ نشہ منع کریوہ - حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم کرواس یہ کت ونس پیٹھ سخت خشم - تو تہ لگو دپنہ مہ سیت چھہ بڈ جماعت دلے بووا چھو وہ بیہ آیندہ نماز پران بووا تنا وُوہ سخت تکلیف - چنانچہ اکہ دوہہ اکہ آس یم نماز پران - ای آونہ قصد کرون یمن نش نزدیک پینک - تو پتہ دراو پانی بیہ پت - لوکو دپُس ژہ کیاہ گوی ژہ دراک پت - دُپنک مہ ہام نزدیک پنکو قصد کُربرونٹھہ کنہ وچھوم نارہ کھڈہ اک - تتھہ منز وچھم پکھہ کرت کمتانِ - بتی مو کھہ ژلس پت - آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم فرماوُن آس ملایک - ہرگاہ ژہ ہنا سو برونٹ کُن پکہ ہامن ملایک کرہنس مازس تکہ تکہ کذا فی الدرالمنثور عن الصحاح وغیرہا من کتب الحدیث (۲) مہ دنتہ ای مخاطبہ کو تاہ یچہ چھو سو کافرس منع چھو کران بندس اکس خدایہ سنزہ بندگی نشہ - کیا تس کافرس چھونا معلوم زِ اللہ تعالیٰ چھوم وُچھان سو چھو میانِ سارنی کامن پیٹھ مطلع - سو دیم امہ خیطرہ سخت سزا (۳) مہ ونتہ ای مخاطبہ یہ کافر چھو نا زانان نہ خیال کران زِ خدا چھوم وُچھان اگرچہ امس آستن گمان بو چھوس سزہ دنِ پیٹھ - بو چھوس امہ سیت پرہیز گاری ہندوی امر کران - مگر تہ چھو امسُند غلط تہ اپز

بِالتَّقْوٰی یا کرہ امر بس پرہیزگاری ہندس یا منع کرنہ تمہ نش أَرَاَیْتَ اِنْ کَذَّبَ وَ
تَوَلّٰی آیا وچھو تھہ ہرگاہ اپز گنزہ بہ کافرپرس بیہ سیدہ رو گردان (۱) اَلَمْ یَعْلَمْ بِاَنَّ
اللّٰہَ یَرٰی آیا زانو نا امہ کافرن زہ خدا چھو وچھان کَلَّا تہ چھونہ یہ بہ و نان چھو لَئِنْ لَّمْ
یَنْتَہِ ہرگاہ پتہ روزنہ امہ نش لَنَسْفَعًا بِالنَّاصِیَۃِ البتہ کھکھر دموس ورخس کن
پیشانیہ ہندہ مستہ رٹت نَاصِیَۃٍ کَاذِبَۃٍ خَاطِئَۃٍ سی پیشانی یس بہ دروغگو چھہ بدکار چھہ
فَلْیَدْعُ نَادِیَہٗ پس نادِ دین پنہ مجلسہ ہندن لوکن سَنَدْعُ الزَّبَانِیَۃَ نزدیک چھو
اس دمونا د دوزخکس موکلن کَلَّا تہ چھونہ یہ و نان چھو (۳) لَا تُطِعْہُ اسند مہ بوزد (۴)
وَاسْجُدْ وَاقْتَرِبْ نماز پرنہ قرب خدا اژناندے - ✝

| سورہ قدر چھو مکی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | پانژ آیہ |
|---|---|---|

اِنَّآ اَنْزَلْنٰہُ فِیْ لَیْلَۃِ الْقَدْرِ پنہ پاٹھ اسہ کر نازل یہ قرآن مجید شب قدرس اندر یعنی
اند اسپد اکس وسنس بی شبہ وَمَآ اَدْرٰکَ مَا لَیْلَۃُ الْقَدْرِ کیاہ زانزاوی ژہ کیاہ چھو
شب قدر لَیْلَۃُ الْقَدْرِ خَیْرٌ مِّنْ اَلْفِ شَہْرٍ شب قدر چھو بہتر ساسہ رتہ خوتہ (۵) تنزل

کمان کیا زہ بندہ معبود حقیقی سنزہ بندگیہ کس پتہ رٹن ہدایت کونہ پرہیزگاری ہند امر
کرون گونہ (۱) مہ ونتہ ای مخاطبہ یہ کافر چھونا زانان زہ خدا چھوم وچھان - بمہ سانہ کیکا زہ
روگردانی چھو کران (۲) پتہ روزن یہ کافر امہ خیالہ نشہ امس چھو خیال زہ خدا چھونہ وچھان
یہ چھو مسند بالکل غلط خیال (۳) پتہ روزن یہ کافر امہ خیالہ نشہ (۴) نو یہ چھہ اس حکم
کران بارسول سدزہ نوہ مہ بوزد امسند - نوہ روزو بدستور بندگی کرس پتہ ثابت - نمی
سیت سپدہ قرب خدا حاصل - بین سورہ شریفس منز چھو ترن جاین لفظ کلا فرماونہ آمتو
ونک کلا چھو معنی حقا - دویم تہ تریم چھو زجر کہ معنیہ - بین دوشونی جاین چھو اللہ تعالی زجر
کران امس کافرس - لیکن مرزای کاشرس تفسیرس منز چھونہ اکو کانہ خیالاہ کرنہ آمت - بی ربط
پاٹھ چھو تم اکہ معنی کرمت خدا رچھن بے علمی نشہ (۵) آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم کراکہ دوہ
بنی اسرائیلن ہنز ذکر کہ تم آس ساسس رتن عبادت کران - صحابہ چھین سپدا اکو سخت تعجب بیہ
کرک تمی زہ اسہ تی آسہا تیژ عمر اسنہ کرہ ہوا یژ عبادت - اتی سپد یہ سورہ شریف نازل مرزائی
جماعتس چھو شب قدرس انکار بی چھو مرزای کاشرس تفسیرس اندر زہ شب قدر چھو اشارہ
اکہ زمان بنوس کن - بیہ برت صدی ہندس ابتداہس کن - امہ اندرہ چھو سس غرض

اَلْمَلٰئِکَۃُ وَالرُّوْحُ فِیْہَا وَسان چھہ ملایک بیہ روح ات شبس اندر بِاِذْنِ رَبِّہِمْ
پننس پروردگارہ سندہ حکمہ مِنْ کُلِّ اَمْرٍ پرت کامہ بندہ سرانجامہ خنطرہ سَلٰمٌ ھِیَ
سلامتی چھہ پرت آفتہ نش سہ شب قدر حَتّٰی مَطْلَعِ الْفَجْرِ صبح پھولنس تام۔

| سورۂ بینہ چھو مدنی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | آٹھ آیہ |
|---|---|---|

لَمْ یَکُنِ الَّذِیْنَ کَفَرُوْا مِنْ اَھْلِ الْکِتٰبِ آسنہ تم یم کافر سپد اہل کتابو اندرہ یعنی یہود تہ نصارا وَالْمُشْرِکِیْنَ بیہ عرب شرکہ وال مُنْفَکِّیْنَ جدا سپدہ ون بینہ آیئہ ملشہ حَتّٰی تَاْتِیَہُمُ الْبَیِّنَۃُ یتو تام نہ بییہ تمن حجتہ روشن نہ تن رَسُوْلٌ مِّنَ اللّٰہِ پیغمبرہ ار خدا یَتْلُوْا صُحُفًا مُّطَہَّرَۃً پران امتنس صحیفہ ہای پاک یعنی قرآن مجیدک سورہ ہای شریفہ فِیْہَا کُتُبٌ قَیِّمَۃٌ تمن صحیفن اندر چھہ تمی احکام لکھت یم راست چھہ نہ سِد چھہ وَمَا تَفَرَّقَ الَّذِیْنَ اُوْتُوا الْکِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْہُمُ الْبَیِّنَۃُ جدا جدا گے نہ اہل کتاب مگر بعد ازانکہ آو تمن سو حجتِ روشن یعنی سو پیغمبر یعنی پیش از ظہور آنحضرت آس اہل کتاب متفق تہندس تصدیقس پیٹھ جماعت گیک تہندہ بنہ بنہ اڈیو اُن ایمان اڈ سپید کافر از روی حسد و عناد وَمَآ اُمِرُوْٓا اِلَّا لِیَعْبُدُوا اللّٰہَ مُخْلِصِیْنَ لَہُ الدِّیْنَ امر آگ نہ کرہ نہ مگر انیکہ بندگی کرن خدایہ سند در حالتیکہ خالص کرن تہندہ خبطرہ پرستش حُنَفَآءَ میل کرہ ون بدینِ حضرت ابراہیم وَیُقِیْمُوا الصَّلٰوۃَ بیہ تہاون برپا نماز وَیُؤْتُوا الزَّکٰوۃَ بیہ دِن زکوٰۃ وَذٰلِکَ دِیْنُ الْقَیِّمَۃِ تمی چھہ احکامِ ملت درست اِنَّ الَّذِیْنَ کَفَرُوْا مِنْ اَھْلِ الْکِتٰبِ پزپاٹھ یم کافر سپد اہل کتابو اندرہ وَالْمُشْرِکِیْنَ بیہ شرکہ وال فِیْ نَارِ جَہَنَّمَ خٰلِدِیْنَ فِیْہَا تم چھہ در آتش دوزخ ہمیشہ نت (۱) اُولٰٓئِکَ ھُمْ شَرُّ الْبَرِیَّۃِ تمی چھہ بدترین خلق اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِکَ ھُمْ خَیْرُ الْبَرِیَّۃِ یمو ایمان انو تہ رُزہ عملہ کرہ تمی چھہ بہترین خلق جَزَآؤُھُمْ عِنْدَ رَبِّہِمْ جزا تہند چھو تہندس

بیان کرون زہ مرزہ قادیان سند زمانہ نہ چھو اوسمت تمو ذ بااللہ خیر و برکتک زمانہ کیازہ سو چھو تانس مجدّد مانان۔ برعکس تہند نام زنگی کافور (۱) بیہ آیہ کریمہ سیت چھو استدلال یوان کرنہ کافرن ہندس ہمیشہ ابدالآباد جہنمس اندر رونس پیٹھ۔ وَن یم جدید تاہ غیر مُسند مرزای کاشرن تعبیرن اندیش کرنہ آمت چھو تمہ سیت ہکنہ آیہ کریمکس عموس تغیر سپدت۔ گوڈہ چھو نہ معلوم زہ سو حدیث ایکہ کتابہ ہند نہ کمہ درجک چھو

پروردگارس نِش جَنّٰتُ عَدۡنٍ ہمیشہ روزنک باغ تَجۡرِیۡ مِنۡ تَحۡتِهَا الۡاَنۡهٰرُ یِکان
چھہ تمو تل جوِیہ خٰلِدِیۡنَ فِیۡهَاۤ اَبَدًا ہمیشہ روزن تَت رَضِیَ اللّٰهُ عَنۡهُمۡ وَرَضُوۡا
عَنۡهُ راضی آسِہ خدا تمن۔ راضی آسن تِم تَس ذٰلِکَ لِمَنۡ خَشِیَ رَبَّهٗ یہ وعدہ چھُو
تس یُس کھوژہ نِنس پروردگارس

| سورۃ الزلزال چھو مکی | بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | آٹھ آیہ |
|---|---|---|

اِذَا زُلۡزِلَتِ الۡاَرۡضُ زِلۡزَالَهَا یلہ الراونہ ییہ زمین الراؤن تمکو ھینی یُس مقرر چھو
سو وَاَخۡرَجَتِ الۡاَرۡضُ اَثۡقَالَهَا برکڈہ زمین بارِ پنن یعنی خزانہ بیہ مردہ وَقَالَ الۡاِنۡسَانُ
مَا لَهَا دپہ انسان کیاہ حال سپدمُت چھوات زمینس (۲) یَوۡمَئِذٍ تُحَدِّثُ اَخۡبَارَهَا
یمہ دوہہ ونہ زمین قصہ پننُ (۳) بِاَنَّ رَبَّکَ اَوۡحٰی لَهَا امی سببہ چانِ پروردگارن کرُ

(۱) لفظ چھو پننس حقیقی معنیس پٹھ دلالت کران۔ تمہ اندرہ اشارات کڈن کنایات بوزان تہ
کو معنی مجازیس پٹھ اطلاق کرون تَت گژھہ کانہہ قرینہ آسن۔ یوتان نہ کانہہ قرینہ قایم آسِہ شان
معنی مجازی تمہ اندرہ بوزان نہ چھو ناجایز۔ مرزای کاشرِس تفسیرس اندر چھو لکھمُت زہ امہ اندرہ
چھواشارہ اسلامکس خطرناک مخالفتس کُن۔ بوچھوس دپان یہ چھے محض لغو۔ کیاہ دراوامنزہ
یہ اشارہ۔ البتہ یہ ونہ سوی یُسنہ امکہ ظاہری معنیچ پژہ نہ یقین آسہ۔ چونکہ مرزائین نہ کیا
چھنہ امہ قسمکن آیات کرِمن ہندہ ظاہرچ پژہ نہ یقین تمی موکھہ چھہ امہ قسمکن آیاتن تاویلات
باطلو سیت غلط معنی کران چنانچہ سورۂ اذا الشمس کورت ییت منز چھ پور وضاحت آیہ
کرنہ (۲) انسانہ اندرہ چھو مراد کافر یُسنہ پژہ آسہ امکہ ظاہری معنیچ۔ سُی ونہ قیامتکہ دوہہ
یلہ بیہ زندہ سپدہ تہ زمینس وچھنہ پننس حالس پٹھ۔ انی تکہ تعجب کرنہ۔ بیاک گی باایمان
ییمن پژہ آسِہ زہ یم چیز چھہ یقیناً واقع سپدہ وِن۔ تم نہ کرن تعجبی تہ نہ ونن کنہی (۳) روایت چھہ
کران حضرت امام احمد حنبل بیہ حضرت امام ترمذی رحمۃ اللہ علیہما ا حضرت ابوہریرہ رضی اللہ عنہ
ہر آیہ کریمہ پرُ اکہ دوہہ اکہ حضرت رسول کریمن صلی اللہ علیہ وسلم تو وہ بتہ فرماؤک صحابہ صیبن کُن
توہہ چھوہ معلوم زہ کمہ خبرہ ونہ زمین۔ تمو گرُ عرض خدائیس تہ تہندس پیغمبرس چھو معلوم
فرماؤک گواہی دِیہ زمین برت اکس پٹھ مردس تہ زنانہ نہ تمن سارنی کامن پٹھ یمہ تِموان
زمینس پٹھ کرمژہ آسن۔ دِیہ زمین فلان گرُمہ پٹھ فلان دوہہ فلان کام۔ یی گیہ تمنزہ خبرہ
یہ چھو صحیح حدیث شریف ییت حدیث شریفس مقابلہ وچھتو کیاہ چھو اوّرک پورہ ونہ آمُت

تت زمینس یَوۡمَئِذٍ یَّصۡدُرُ النَّاسُ اَشۡتَاتًا تامتہ دوہہ یِزن لوک قبرو نشہ پراگندہ یعنی
جماژ جماژ لِّیُرَوۡا اَعۡمَالَهُمۡ تیو باونہِ ین تمن عملہ مینہ فَمَنۡ یَّعۡمَلۡ مِثۡقَالَ ذَرَّةٍ خَیۡرًا
یَّرَهٗ یُس اکہاہ کرہ اکس ذرس برابر نیکیہ دچھہ تت وَمَنۡ یَّعۡمَلۡ مِثۡقَالَ ذَرَّةٍ شَرًّا یَّرَهٗ
یُس اکہاہ کرہ اکس ذرس برابر بدیہ وچھہ تت - +

| سورۃ العادیات چھو مکی | بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | کہ آیت |
| --- | --- | --- |

وَالۡعٰدِیٰتِ ضَبۡحًا قسم چھ تمن گرن ہندین یمہ ونہ دزہ ٹھرک کھسان چھو (۱) فَالۡمُوۡرِیٰتِ
قَدۡحًا تہ قسم چھ تمن تمبرہ کڈہ ون گرن ہند یم نعلو سیت کنو نشہ تمبرہ کڈان چھہ زنگک
پاٹھ (۲) فَالۡمُغِیۡرٰتِ صُبۡحًا تہ قسم چھ تمن گرن ہند یم لوٹ کرہ ون چھہ کاژن صبحکہ وقتہ یعنے
سوار تہند (۳) فَاَثَرۡنَ بِهٖ نَقۡعًا پس تھکہ تمہ سیت گردہ فَوَسَطۡنَ بِهٖ جَمۡعًا پس نژر اسی تمی وقتہ
جماعژ اکس کافرو اندرہ (۴) اِنَّ الۡاِنۡسَانَ لِرَبِّهٖ لَكَنُوۡدٌ یزپاٹھ انسان چھو پننس خدیس

مرزائی کاشرس تفسیرس منز- تیہنہ کانہہ تعلقاہ چھو قلم قرآنس سیت۔ تتہ منز چھو اکہ تفسیر ونتہ
آمت سو چھو فقط واہیات وخرافات کتھو سیت مخلوط د محرف کرتہ آمت (۱) یعنی قسم
تمن گرن ہندیر پھرکان چھہ دور تلان -(۲) تو بیہ چھہ کنن پٹھ قدم تراوت رہہ تراوان (۳) تو بیہ
چھہ صبحکہ د مثلہ لوٹ کران تو بیہ چھہ تمہ ساتہ گرد تلان (۴) بیہ چھہ تمہ ساتہ دشمن ہنزن جماعتن
منز اژان امہ اندرہ چھہ مراد لڑایہ ہند تہ جنگک گر- شان نزول چھو ین آیات کرین ہند
زہ حضرت آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم آس سوزمژ اک لشکرہ اک قبیلہ بنی کنانس کن چنانچہ
ابر لشکر تہند آسوک کرمت حضرت منذر بن عمرو انصاری - تہنزی خوش خبر واتہ نہ آنحضرتن
نشہ اکس رتس تام کہنی - منافقو کر مشہور زہ مت گے شہید - اتی سپدیہ سورہ شریف نازل
تہندہ بلامت آسنچ خبر آنحضرتن واتنادنہ خیطرہ - امہ علاوٗ چونکہ عربک لوک آس اہل رزمی
وجہہ چھہ ین قسمن تمن سیت پور مناسبت - نہایت افسوس چھو مرزائی کاشر تفسیرہ دالہ
سندہ خیطرہ زہ ین آیاتن تہ چھو تم بدلی معنی دِمتہ - علی الخصوص چھون فاثرن بہ نقعًا
نک معنی دِمتہ زہ امہ اندرہ چھو مراد انسان چھو بیہ گردو غبار تلان یُس گرد وغبار مرکھاتی
چھو یعنی تہند اعمال صالحہ بو چھوس حیران کاش یہ مرزای کاشر تفسیرہ دالہ کرہ ہاہنہ عقل
اُمس چھنا یہ خبر زہ اللہ تعالیٰ چھو یہ کاژن ہندہ حقہ دنان وقدمنا الی ما عملوا من عمل
فجعلناہ هبآءً منثورا - یعنی تہنزن عملن کرد اس چھکنہ آمژ گرد ہش خوار و بے اعتبار

البتہ ناسپاس وَاِنَّهٗ عَلٰی ذٰلِكَ لَشَهِيْدٌ پز پاٹھ یہ انسان چھو تت پٹھ البتہ مطلع نہ گواہ
وَاِنَّهٗ لِحُبِّ الْخَيْرِ لَشَدِيْدٌ پز پاٹھ یہ انسان چھو مالکہ ووٹ تھاوِنہ خیطرہ البتہ سخت
تُرِر کرہ وُن اَفَلَا يَعْلَمُ آیا چھو نا زانان اِذَا بُعْثِرَ مَا فِي الْقُبُوْرِ یلہ تلنہ ییہ یہ قبرن اندر
چھو وَحُصِّلَ مَا فِي الصُّدُوْرِ ظاہر ییہ کرنہ یہ سینن اندر چھو اِنَّ رَبَّهُمْ بِهِمْ يَوْمَئِذٍ
لَّخَبِيْرٌ پز پاٹھ تہند پروردگار چھو تمہ دوہہ تہندن حالن البتہ خبردار۔ ✣

| سورۃ قارعہ چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | گہ آیہ |
|---|---|---|

اَلْقَارِعَةُ قیامت یس چھہ ٹرٹہ وِن دِلن ہیبتہ سیت مَا الْقَارِعَةُ کیاہ چھہ سہ قیامت وَ
مَا اَدْرٰىكَ مَا الْقَارِعَةُ کیاہ زانزاوِی ژہ کیاہ چھہ سہ قیامت يَوْمَ يَكُوْنُ النَّاسُ سہ
آسہ تمہ دوہہ یمہ دوہہ آسن لوک كَالْفَرَاشِ الْمَبْثُوْثِ چھکرِتھ پونپر ہیہ وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ
كَالْعِهْنِ الْمَنْفُوْشِ آسن کوہ رنگین پھمب دومت ہیو (۱) فَاَمَّا مَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِيْنُهٗ
پس یس اکس گوبہ نیکین ہند پوتر فَهُوَ فِيْ عِيْشَةٍ رَّاضِيَةٍ پس سو چھو رژہ زندگانیہ اندر
وَاَمَّا مَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهٗ یس اکِس لوِنہ نیکین ہند پاتر فَاُمُّهٗ هَاوِيَةٌ پس تہندہ روزنچ
جای چھو ہاویہ یلم طبق دوزخکو وَمَا اَدْرٰىكَ مَا هِيَهْ کیاہ زانزاوی ژہ کیاہ چھو سو ہاویہ
نَارٌ حَامِيَةٌ نارہ چھو سخت گرم۔ ییہ نار زن نہ چھہ تت نسبت گرمی۔ ✣

| سورۃ التکاثر چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | اٹھ آیہ |
|---|---|---|

اَلْهٰىكُمُ التَّكَاثُرُ غافل کردہ تُوہ اکھ اکس ندہ خوتہ مال ژٹھ ہانڈن حَتّٰى زُرْتُمُ الْمَقَابِرَ
یتو تام داتُوہ تُوہ قبرن یعنی درست عمر گیوہ تا وقتِ مرگ ات سیت كَلَّا یہ لگنہ کرون سَوْفَ
تَعْلَمُوْنَ برونٹھ یہن زانو ثُمَّ كَلَّا بیہ چھو سو ونان یہ لگنہ کرون سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ برونٹھ
یہن زانو كَلَّا لَوْ تَعْلَمُوْنَ عِلْمَ الْيَقِيْنِ یہ لگنہ کرنو ہرگاہ زانہو برونٹھہ کم کم مشکل چھہ پژہ

کاشر تفسیرہ وال آسہ امہ اندرہ خاص پتہ جماعتکن اعمالن ہند حال ونمت۔ ادہ چھونہ کنہ تلہ گوینت
آیہ کرمس سیت مطابقی (۱) مرزای کاشر تفسیرہ وال چھہ تمس نہ پتن مرزائیت ظاہر کرمژ۔ چھہ سنہ
گواراُ سیدمت کہ لفظِ الناس نہ الجبال تھاوِہ ہاپنیس معنیس پٹھ بحال۔ بلکہ چھون مرزائیتکو بیاکھ
معناہ ونمت کہ الناسہ اندرہ چھو مراد عام لوک۔ الجبالہ اندرہ چھو مراد خاص لوک۔ یہ چھون امی کہ
ونمت زہ اکہ ظاہری دِ حقیقی معنیچ کیاہ چھہ یمن کانہہ پژھاہ۔ چنانچہ سورۃ اذا الشمس کورت
اندر چھوہ معلومی زہ کیاہ چھون ونمت

ہندہ زانہ سیت ادہ روز ہونہ غافل لَتَرَوُنَّ الجَحِيمَ البتہ وچھو توہ نار دوزخ ثُمَّ
لَتَرَوُنَّهَا عَيْنَ الْيَقِيْنِ تو پتہ بیہ البتہ وچھون توہ سو دوزخ پژہ ہندہ وچھنہ سیت ثُمَّ
لَتُسْئَلُنَّ يَوْمَئِذٍ عَنِ النَّعِيمِ توہ پتہ بوز یو پاک کنہہ زہ البتہ پرژھنہ یوہ تمہ دوہہ نعمتن ہند

| سورۃ العصر چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | ترہ آیہ |
|---|---|---|

وَالْعَصْرِ وقتکو قسم إِنَّ الْإِنْسَانَ لَفِي خُسْرٍ بزپاٹھ انسان چھو البتہ تاوانس اندر إِلَّا
الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ مگر مو ایمان انو تہ رژہ عملہ کرک وَتَوَاصَوْا بِالْحَقِّ اکھ اکس
کرک وصیت پزہ دینچ وَتَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ اکھ اکس کرک وصیت صبرچ عبادتن پٹھ تہ گناہو
نشہ پت روزنس پٹھ۔ +

| سورہ ہمزہ چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | نو آیہ |
|---|---|---|

وَيْلٌ لِكُلِّ هُمَزَةٍ لُمَزَةٍ وای تہ افسوس چھو پرت عیب کرہ ونس غیبت کرہ ونس
الَّذِي جَمَعَ مَالًا وَعَدَّدَهُ یم سمبر مال تہ گنزرت تھاوُن يَحْسَبُ أَنَّ مَالَهُ أَخْلَدَهُ
گمان چھو نوان زہ یہ مال ہُند پوشناوہ امس گلاؔ یہ گمان گھژہ نہ لَيُنْبَذَنَّ فِي
الْحُطَمَةِ البتہ تراونہ یِیہ ژھہٹہ ونس نارس اندر یت حطمہ ناو چھو وَمَا أَدْرَاكَ مَا الْحُطَمَةُ
تہ کیاہ زانزاوی کیاہ چھو سو حطمہ نَارُ اللَّهِ الْمُوقَدَةُ خدایہ سُند نارُس یزہ لادنہ آمُت
چھو الَّتِي تَطَّلِعُ عَلَى الْأَفْئِدَةِ یُس نار غالب سپدہ ولجن پٹھ (۱) إِنَّهَا عَلَيْهِمْ مُؤْصَدَةٌ
بزپاٹھ سو نار چھو تمن پٹھ ڈھان دِنہ آمُت فِي عَمَدٍ مُمَدَّدَةٍ زیٹھراوتن تھمن اندر
یعنی سو نار چھو بستہ کرنہ آمتو محکم تھمو سیت۔ تم دروازہ ین نہ مُژرنہ تمہ نش نبنہ موکلُن نوذ باللہ منہا

| سورۂ فیل چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | پانژ آیہ |
|---|---|---|

ابرہہ آسو ناو یمنکس حاکمس سُوی آو بدشمنی خانہ کعبہ ہست ہست تہ لشکر ہت خانہ کعبہ لوز نکہ
نیتہ۔ خداتعالا ان گال تم ساری ہست تہ تہ ہست وال تہ جانورن ہندہ سیت تمو کروک سنگباران
دریک لحظہ مود ساری أَلَمْ تَرَ كَيْفَ فَعَلَ رَبُّكَ بِأَصْحَابِ الْفِيلِ آیا وچھوت نا کیاہ کر
چانِ پروردگارن تمن ہست والن أَلَمْ يَجْعَلْ كَيْدَهُمْ فِي تَضْلِيلٍ آیا کرن نا مکر تہند تہ

(۱) یعنی تتہ منز سرعت نفوذ بدنس سیت لگتھی آسہ دلس پٹھ اثر کران بخلاف نار دنیا سو چھو بدنس
پیٹھی اثر کران۔ بسا اوقات چھو بنان زہ دلس پٹھ نمکو اثر واتنہ برونٹھی چھو سو شخص مران۔ اچ
نو بتھی چھنہ واتان کہ دلس تہندس پٹھ کیا واتہا تمکو اثر۔ +

دشمنی تہنز درحق خانہ کعبہ درتباہی و بیفائدہ گی وَاَرۡسَلَ عَلَیۡہِمۡ طَیۡرًا سوزِن تمن پٹ
جانور اَبَابِیۡلَ جوق جوق تَرۡمِیۡہِمۡ بِحِجَارَۃٍ مِّنۡ سِجِّیۡلٍ تراوان آس تم جانور تمن کنہِ فِلِ
ازسنگ گل یعنی کترِہ فِلِ آسِ سخت کنہِ ہہ فَجَعَلَہُمۡ کَعَصۡفٍ مَّاۡکُوۡلٍ پس کرِتم خدایِ
ان کہیمتِ تہ ژامیت گاسہ تُلُ ہیوِ یعنی نابود (۱)

| سورۂ قریش چھو مکی | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | ژور آیہ |
| --- | --- | --- |

لِاِیۡلٰفِ قُرَیۡشٍ تعجب کر قریشن ہندِ ملہٕ ژارُک اٖلٰفِہِمۡ رِحۡلَۃَ الشِّتَآءِ وَالصَّیۡفِ وندکِس
سفرس تہ رِتہ کالکِس سفرس اندر بیہ تہندِ کفر کو بُت پرستی ہند یعنی مہ کرِ مک یمہ نعمتہٕ عطا
یم چھہ مہِ ورایِ کنِن پرستش کران (۲) فَلۡیَعۡبُدُوۡا رَبَّ ہٰذَا الۡبَیۡتِ پس کرِن بندگی

(۱) عصفِ ماکول اندرہ چھو مراد یا سو گاسہ تُل یُس کہو آسہِ کہمُت - یہتہ پاٹ پنہ وتھرس چھو
آسان کہو پوشہ پار کرمُت - منزہ چھو آسان خللی - اند تہ کنارہ چھس آسان باقی - تِی کرِ ہمن اصحاب
فیلن تہ ہتو کنہِ فلو - یعنی اندرہ کرُ مک مازس دونہ دونہ برکن لوسنہ معلوم سپدان - یا چھو مراد
تم سید لدِ ہو - کیازہ گاسہ ملہ کھنہ تہ ژابنہ پوان چھونت چھو شکس منزِ واتِت تی بنان - لغتہ موجب
چھہ یم دونوی معنی عصفِ ماکولس - چونکہ یمن اصحاب فیلن اوس شرارت کہتمت بتہ اکس عربی
شخصہ سندہ تہندس نُنت کنِیسس منزیُس ہتو مقابلہ خانہ کعبہ بناومُت اوس ناپاکی چھرِہ نکہ
سببہ ہی مو کہہ آس تم آمادہ کسید مت خانہ کعبچہ بی حرمتی دبی تعظیمیہ بٹ - امہ اعتبارہ چھہ تمن
پور مناسبت یت سبت رِہ تہند بدن کرِ اللہ تعالا ان ہرہ بونہ ناپاکی ناپاک - مرزاہی کاشرس
تفسیرس منز چھو ابرہہ سندس ہست سُندنا و محمود ذکر کرنہ آمُت - غالبًا چھو امِس تفسیرِ والس
رعایت ابن مرزا ہتس ہست سُندناو پیومُت دنُ (۲) مکہ شریفس منز اوسہ کونہ قسمہ غلہ
پیداوار سپدان - یمہ موکھہ آسو قریش ہند عادت ورہس اندر آس تجارتہ خیطرہ زہ سفر کران
وندس یمنس کن - کیازِہ سو چھو گرم ملک - رتہ کالس شامس کن کیازہ سو چھو سرد ملک - ساری
لوک آس تمن مکہ شریفک حرم محترمک آسنہ موکھہ خادمانِ بیت اللہ آسنہ موکھہ سٹھاہ تعظیم کران
تہ تہندس مالس آسنہ انھہ لاگان - یمہ سببہ تمن آسو پور نفع تہ فایدہ حاصل سپدان - تا ایکہ پتن گرہ
وانتِ آس بجہ شی کہوان چوان بین تہ کہیاوان - چونکہ یہ ساروی آسو تمن خانہ کعبکی برکتہ
بنال تمی موکھہ آک وننہ عبادت کرِو یمہ گرہ کِس خدایس - بُت پرستی تراوِو - ❊

اَمہ گرہ کس یعنی خانہ کعبکس خدایہ سنز اَلَّذِیْ اَطْعَمَهُمْ مِنْ جُوْعٍ یُس طعام چھوک دِوان
بن دون سفرن اندر بو چھہ نشہ وَاٰمَنَهُمْ مِنْ خَوْفٍ بی بم چھوک گران بیمہ نشہ۔

| سورهٔ ماعون چھو مکی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | ست آیه |
|---|---|---|

اَرَءَیْتَ الَّذِیْ یُکَذِّبُ بِالدِّیْنِ آیا وچھو تھنہ سویس اپز گرزان چھو جزاس یعنی
جزا کہ دوہچ چھسنہ یژہ فَذٰلِکَ الَّذِیْ یَدُعُّ الْیَتِیْمَ پس سوگو سوی یس بزور کڈت
چھو ژھنان یتیمس وَلَا یَحُضُّ عَلٰی طَعَامِ الْمِسْکِیْنِ ژُون چھونہ دِوان مسکینہ
سندِس کھن دِنس پٹھ (۱) فَوَیْلٌ لِّلْمُصَلِّیْنَ الَّذِیْنَ هُمْ عَنْ صَلَاتِهِمْ سَاهُوْنَ
پس افسوس نہ عذابچ سختی چھہ متن نماز گذارن پیم پننہ نمازہ نشہ چھہ بیخبر تہ غافل اَلَّذِیْنَ
هُمْ یُرَآءُوْنَ پیم ریا چھہ کران وَیَمْنَعُوْنَ الْمَاعُوْنَ منع چھہ کران ماعونس۔ ماعون
گو متاع خانہ تبر مش ہٹ ہو دیگ ہش یہ پہہ چھو یوان دِنہ اک اکس (۲)

| سورهٔ کوثر چھو مکی | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | ترہ آیه (۳) |
|---|---|---|

اِنَّا اَعْطَیْنٰکَ الْکَوْثَرَ یز پاٹھ عطا کر اسہ توہہ ای حضرت محمد ستاہ خیر (۳) فَصَلِّ

(۱) یعنی سو چھو یوت سنگدل زہ نہ چھو پانہ احسان کران۔ نہ چھو بیہ کانسہ احسان کرنس پٹھ
آمادہ کران۔ ون بلہ بندہ سند حق ضایع کرن گو تاہ یچھہ چھو (۲) بعضی مفسرو فرماو
ماعون گو زکوٰۃ یعنی ادا چھنہ کران حق اللہ یالح زکوٰۃ (۳) بمہ سورۂ شریفک شانِ نزول چھو
حضرت آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِ زِ ٹھوہو فرزند حضرت قاسم رضی اللہ عنہ یلہ بمہ
عالمہ گی۔ مکہ کیو کافرو خصوصًا عاص بن وائلن دِیو آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلمن ہند نسل سُید
ون منقطع۔ تم سپد نعوذ باللہ ابتر یعنی بے نام ونشان۔ مطلب آو تہ اندرہ زہ ون چھو امہ
پہندہ دینکو چرچہ کسی کانس تان۔ اتی سپد نازل یہ سورۂ شریفہ یمی کافرن ہندہ ردہ خیطرو
(۴) یعنی نبوت خیریت منز دنیا و آخرتک خیر ساروی جمع چھو۔ دنیاہک خیر گو دین اسلام
لبہ روز بروز ترقی۔ بیہ روزِ باقی تا قیام قیامت۔ آخرتک خیر گو یم قربک بڈ مرتبہ
چھہ۔ تم ین تو ہی عطا کرنہ۔ تہندہ طفیلہ تہندن پتہ پتہ پکہ ون۔ ون اگر تہند فرزند بمہ عالمہ
گو نہ یت پٹھ یم دشمن تہند خوش چھہ سپد مت۔ توہہ بمہ حض سپد وامہ سیت غمگین تہ آزردہ
یہ کیژاہ اسہ توہہ عطا کرنہ چھو امہ خوتہ سٹھاہ زیادہ تہ بہتر۔

لِرَبِّكَ وَانْحَرْ پس نماز پرنَس پروردگارہ سندہ بابت تہٕ اونٹن کر نحر درراہ خدا (۱)
اِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْاَبْتَرُ یِزیاٹ تہٕند دشمن چھوٗلٹِ ژٹو (۱)

(۱) نمن نعمتن ہندہ شکرانہ خیطرہ - بیہ شکرانکہ پورتہٕ کاملِ کرنہٕ خیطرہ کریو پنٕنس پروردگارنز عبادت - بڈن نعمتن ہند شکرانہٕ شوبہ بڈ عبادت ۔ گیہ نماز بدنی عبادت - تت سیت گژھہ مالی عبادت تہٕ کرن سو گو قربان - اللہ تعالیٰ چھو قرآن مجیدس اندر جا بجا بدنی عبادتس سیت مالی عبادتچ ذکر کران - چنانچہ واقیموا الصلوٰة واٰتوا الزکوٰة بیہ بیہ ات اندر شکرہ علاوہ مشرکن ہنز تہٕ مخالفت لبنہ - کیازہ تم چھیہ غیر اللہس عبادت کران تہٕ سجدہ دِوان - بیہ چھیہ معبود باطلن ہندہ ناوہ قربان کران تہٕنزٕ تز دیکی تہٕ قرب حاصل سپدنکہ برانژ (۲) ادہ تسند ظاہری نسل روزن باقی یا منہ روزن - مگر تسندہ ذکر خیرچ چھنہ کنھی ناونہ ہیہ نہ کانہہ - بیاک گو تہٕند ذکر خیر تہٕندہ دینکو حرچہ یا رسول اللہ سو روزہ باقی ابد الآباد - اگر اولاد نرینہ روذنہٕ نہ تمکو مہ برو کانہ پرواتہ کیازہ یہ کینژاہ اولادن ہندہ اندرہ مقصود تہٕ مراد چھو سو گو ذکر خیر تہٕ یاد نیک تہٕ چھو توہہ حاصلی کیازہ تہٕنزٕ امت یسہ چھیہ تم روزن بکمال محبت واعتقاد تہٕندنہٕ تہٕندہ دینکو یاد کران قیامتس تان - سید محمود آلوسی صاحب تفسیر روح المعانی چھو نقل کران از حضرت علامہ شیخ الاسلام ابن تیمیہ ایزہ تم چھیہ فرماوان اللہ تعالیٰ تہٕ حضرت آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلمن ہندس دشمنس پرت کونہ خیرہ نشہ - مال اولاد اہل وعیالس نشہ - تا اینکہ آخرس اندر آسن ناوان تہٕ خسران - بیہ ژس زندگی نشہ ناکہ زندگیہ ہند کانہ نفعاہ تہٕ فایدہ حاصل سپدنہ بیہ تہٕ تمسند دل ناکہ سو روزہ نہ خیرس لایقی - تت روزنہ محبت و معرفت خدایچ قابلیتھی - بیہ تہٕ تمسنزہ عملہ ناکہ توفیقی دِیس نہ زہ عبادت تہٕ فرمانبرداری کرنک - بیہ ژس یاری نشہ پس لبنہ کونہ کانہہ مددگارس یاری کرہ وٕنس - بیہ ژس ساروی ہمو کامو نشہ یمو سیت قرب خدا حاصل چھو یوان کرنہ - پس لبنہ کونہ کامہ اندر لذت تہٕ حلاوت تہٕ اگرچہ ظاہر پاٹھ آسن تمن کامن سیت مگر دل تہٕند آسہ نمہ نشہ دور - یہوی سزا تہٕ وعید چھو یرت تمس شخصس ہندہ خیطرہ یس دشمنی کرہ پننہ نفسچہ خواہشہ موجب - تت نسبت یہ کینژاہ ہت آے حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم - تہٕ گو مثلاً کانہ شخصاہ کرہ آیات کریمن تہٕ حدیث شریفن سوی تاویل تہٕ سو کی معنی یس سراسر مخالف آسہ ظاہرس تمکس یمکو نہ ارادی آسہ کرمت اللہ تعالیٰ ان بیہ رسول کریمن صلی اللہ علیہ وسلم {بیتھہ پاٹھ مرزای کران چھہ} یا کرہ تمنی زہ کاسکی بیہ آیہ کریمہ آیہ نہ نازلی سپدمت

یا امہ بدل آسہا بیہ کہنہ نازِل سپدمُت ۔ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم تہنزہ دشمنی ہنْد بڈ
علامت چھو تہندہ کلام شریفکُ حدیث شریفکُ عداوت آسُن ۔ بلکہ تہنز بڈ دشمنی گیہ یہی
حدیث شریفک دشمن چھہ ہندوستانس اندر مرزائی ۔ چکرالوی ۔ نیچری ۔ واشدُہم عداوۃً
للرسولِ وکلامِہ المرزائیوّن علیہم ما یستحقونہ ۔ یوتریو اندرہ یتھو تحقیر و توہین حدیث شریفس
نسبت مرزا یو کرمُت چھو تیتھو چھو نہ بیہ کانسہِ کرمُت ۔ ہِم مرزہ کادیانِ چھو ونمُت اعجاز
احمدیس اندر (مطبوعہ ضیاء الاسلام قادیان ۔ صفحہ ۳۰) یُس حدیث مینس وحیس معارِض تہ
مخالِف آسِہ سو چھو نہ قبول ۔ ہمِہ ورای یم حدیث چھہ نم چھہ اسہ رَدِیک پاٹ ترادِت ژہنان ۔
بیس جایہ چھون ونمت اَتِ اعجاز احمدیس اندر در (صفحہ ۲۹) زہ میانوی حکم گَہرِہ مانُن تہ
ناطق زانُن اگرچہ سو آسِتن ساسہ بدن حدیثن ہندِہ موضوع آسکوی حکم ۔ بیہ چھو ضمیمہ
تحفہ گولڑویہ کس حاشیہ صفحہ دہس منزونان خداین دِتوم اطلاع زہ یم ساری حدیث یم ژہ
پٹ پیش چھہ کران یم چھہ تحریف معنوی و لفظیہ سیت آلودہ بلکہ چھہ ساری موضوع ۔ مہ چھو
اختیار یم حدیث مہ خوش کران تم کرک قبول ۔ یم مہ خوش کرانِ تم کرک رد (نعوذ باللہ من ذالک)
لعنۃ اللہ علی من شنأ الرسول وشنأ ما جاء بہ من الکتاب والسنّۃ ۔
حضرت امام العالم امام ابو حنیفہ نش آسو اکھ شخصہ حدیث شریف پران ۔ تمی دپُک اکہ دوہہ
کیا حض دِنِ دپو بیہ کہنہ ۔ حدیث پرنچ کیا ضرورت چھہ ۔ امام صیب سپد یہ بوزنہ سیت نہایت
مشتعل تہ غضبناک بکمال خشم و غضب فرماوہس کوتاہ بی وقوف چھوک پڑہ کتہ چھوک برزبان
ہوان ۔ اگر حدیث شریف آسہا نہ کانہ اکہ تہ ہکِہ ہنہ قرآن مجیدُک معنی تہ مطلب زانِت ۔ بیہ آس
حضرت امامِ ہمام فرماوان زہ لوک یلہ حدیث شریفہ ورای بیہ کانہ علمہ ہن چھون ادہ کیا سپدن
تہند عقاید فاسِد بیہ سپدن بددین ۔ احناف تہ گی تمی ہم ہنیس مذہب دارہ سندہ متابعت
قدم بقدم حدیث شریف موجب پکن ۔ زانِن زہ مذہب حنفیک کانہہ مسئلہ چھو نہ تیتھو یُس نہ
کونِہ تہ کونِہ حدیث شریفہ سیت ثابت چھو ۔ کانسہِ اکِس چھو نہ طاقت دینس اندر کیا کرِہ ہا
کانہ مسئلہ قایم تیتھنہ کنِہ دلیل آسہا ۔ چنانچہ تمی فرمادمُت حضرتِ امامِ ہمامن یُس اکِس میانہ
قولچ دلیل از کتاب و سنت معلوم آسِہ نس چھو حرام میانہ قولہ سیت فتوی دِنُو ۔ حقیقتس اندر
چھہ حنفیتی اہل حدیث ونس سزاوار ۔ کیازہ مذہب حنفیس اندر یوت توجہ تہ اعتنا حدیث
شریفس کرنہ آمُت چھو نوت چھو نہ باقی مذاہبن اندر ۔ الحاصل یم لوک حدیث شریفک

| شہ آیہ ٦ | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | سورہ کافرون چھو کی |
|---|---|---|

قُلۡ یٰۤاَیُّهَا الۡكٰفِرُوۡنَ ون دیوک ای کافرو (١) لَاۤ اَعۡبُدُ مَا تَعۡبُدُوۡنَ ون بندگی کرنہ بو
یت توہ چھوہ بندگی کران وَلَاۤ اَنۡتُمۡ عٰبِدُوۡنَ مَاۤ اَعۡبُدُ توہ نہ چھونہ بندگی کرہ ون
یت بو بندگی کرہ وَلَاۤ اَنَا عَابِدٌ مَّا عَبَدۡتُّمۡ بیہ چھو سنہ بو بندگی کرہ ون یت توہہ بندگی
کروہ وَلَاۤ اَنۡتُمۡ عٰبِدُوۡنَ مَاۤ اَعۡبُدُ بیہ چھونہ توہہنہ بندگی کرہ ون یت بو بندگی کرہ (٢)

لَكُمۡ دِیۡنُكُمۡ وَلِیَ دِیۡنِ توہہ چھوہ پنون دین تہ مےچھو پنون دین (٣)

| ترہ آیہ | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | سورۃ النصر چھو مدنی |
|---|---|---|

اِذَا جَآءَ نَصۡرُ اللّٰهِ وَالۡفَتۡحُ یلہ آیہ خدایہ سنز یاری بیہ آیہ ظہور فتح مکہ (٤)، وَرَاَیۡتَ النَّاسَ

دشمن چھہ یی گی رسول کریمہ سند دشمن۔ یم تہند دشمن چھہ یی گے ابتر تہ خوار و ذلیل یتہ تہ
تہ تہ۔ اگرچہ نفاق آستن مرزائین ہند پاٹھ تہند محبتھی ظاہر کران۔ لیکن واللہ یشھد
ان المنافقین لکٰذبون (١) بعضی جلیل القدر مفسر و فرماو زہ امہ اندرہ چھہ مراد قریشو اندرہ
خاص کہنہ کافر۔ یمن ہنز اللہ تعالیٰ اُس بعلم قدیم خبر آسِ زہ تم انَ نہ ہرگز ایمان۔ چنانچہ روایتہ
چھہ کران ابن جریر طبری۔ ابن ابی حاتم۔ ابن الانباری از حضرت سعید بن مینا۔ تمو فرماو
زہ اکہ دوہہ سمِک حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم کافرو اندرہ ژور زن۔ ولید بن
مغیرہ۔ عاص بن وائل۔ اسود بن مطلب۔ امیۃ بن خلف یمی لگ دپنہ ای حضرت محمد و یو
توہ کرو تسنز عبادت یمنز اسی کران چھہ۔ اسہ کرو ادہ تسنز عبادت یمنز توہ کران چھوہ۔ ساری
کامن اندکرو اسِ باہمی شراکت تا اینکہ ہرگاہ سانہ کوم صحیح آسہ توہہ نہ واتوہ تمکو حصہ۔ ہرگاہ
تہنز کوم صحیح آسہ اسہ واتہ تمکو حصہ۔ اتی سپد یہ سورہ شریف نازل۔ یعنی ای کافرو تہند تہ
میانو طریقہ ہرگز متحد مکنہ سپدت (٢) بعضی مفسر چھہ فرماوان مُراد چھو یمہ اندرہ زہ بو مکنہ موحد
آیت تس شریک ٹھرادِت نہ فی الحال تہ نہ آیندہ۔ توہ تہ مکہو نہ مشرک آستن موحد بنتھ نہ فی الحال
نہ آیندہ۔ کیازہ تہندن دلن پٹھ چھہ کفرچ مہر کرنہ آمژ۔ توحید تہ شرک ہرگز جمع مکنہ سپدت (٣)
بعضی مفسرو فرماو زہ دینہ اندرہ چھو مراد بدلہ تہ جزاء۔ یعنی توہہ چھوہ پنہ شرکگو سزا تہ عذاب مےچھو
پنہ توحیدُک اجر تہ ثواب (٤) یمہ سورہ شریفکیس وقت نزولس اندچھہ روایات مختلف۔ بعضی
روایتن اندرچھو فتح مکہ برونٹھ چھو نازل سپدمژ۔ بعضی روایاتن اندرچھو فتح مکہ پتہ چھو نازل
سپدمژ حجۃ الوداعس اندر۔ چنانچہ تتہ روایتس مطابق چھو آمت ترجمہ کرنہ۔ تتہ صورتس اندر

يَدْخُلُوْنَ فِيْ دِيْنِ اللّٰهِ اَفْوَاجًا دُچھہ ہک ژہ لوک اژان در دین خدا یعنی در دین اسلام
فوجو فوجو (۱) فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ وَاسْتَغْفِرْهُ پس بپاکی کرون یاد پنن پروردگار حمدس
سیت بیہ منگ تس مغفرت (۲) اِنَّهٗ كَانَ تَوَّابًا پزٕ پاٹھ خدا چھو برحمت رجوع کرہ ون
تہ توبہ قبول کرہ ون بندن۔

| سورۂ مسد چھو مکی | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | پانژ آیہ |
| --- | --- | --- |

کو اذا بمعنی اِذ بوزٕن یُس ماضیکہ خیطرہ آسان چھو (۱) لوکو اندرہ چھہ مراد تمام عربک لوک یم
یوتمن آس پرستش کران - یعنی اہل مکہ - اہل طایف - اہل یمن وغیرہ (۲) تسبیح گو منزہ نہ پاک زانُن
اللہ تعالیٰ تمو ساروی چیزو نشہ یمہ تس شوبن - تحمید گو تم ساری صفت یم تس توبن تس یوت
لاگن سزاوار زانُن - استغفار گو تس نشہ طلب مغفرت کردن - گناہن بخشایش منگن - حدیث شریف
اندر چھو آمت حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم آسی دوہس نہ رانس اندر ستتہ پھرہ خوتہ زیادہ
اللہ تعالیٰ اس نشہ طلب مغفرت کران - بہ چھہ درمسند امام احمد حنبل رحمۃ اللہ بروایت عبداللہ بن
مسعود زہ یہ سورہ شریفہ نازل سپد نہ پتہ یلہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم یہ سورۂ شریفہ کو نمازہ
اندر پرہن ہمکس رکوعس اندر آسی تریہ ترٕہ پران سبحنك اللهم وبحمدك اللهم اغفر لي
انك انت التواب الرحیم - مرزاہی کاشرس تفسیرس اندر چھو تیتس بدل کھتام ومنت یمہ اندرہ
غرض چھو تنیس مافی الضمیرس پردہ تھاوِت لوکن دوکھہ دِلُن - تمن ہندامہ فہمکو کلام کردن چھو
آسان موتیہ ملہ مایہ کرن پننن عقایدن - تو چھہ پتہ خفہ یمہ کتھہ بمنزلہ سپر بناوہ مرہ طعن تہ تشنیعہ
نشہ بچنہ خیطرو - چنانچہ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان اتخذوا ایمانهم جنة فصدوا عن سبيل الله
انهم ساء ما كانوا يعملون یعنی یمو چھہ پنن ایز قسم لوکن نشہ ہادن سپر بناومت تت
زہایہ روزت چھہ لوکن سزہ دنہ نشہ ڈالان پتہ رٹان - کوتاہ پچھہ چھو تہ یہ یم کران چھہ (۳)
بہ سورہ شریفک شان نزول چھو زہ یلہ آیہ کریمہ وانذر عشیرتك الاقربين نازل سپُد
آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم کھت کوہ صفاس پٹھ - اتی ہتک قریش ہندن مختلف قبیلن کن
ندانہ آلو کرون چنانچہ سوند ابوزت سمیای ساری قریش - تو تنہ فرماو کہ آنحضرتو صلی اللہ علیہ
سلم سی قریشو ہر گاہ بو تو یہ فرماو دوہ اک لشکراہ اک چھوہ نزدیک وانت ہیز - تمی چھو ارادہ
توہہ پٹھ لوٹ کرنک - کیا توہ کروہ ات میانِس وننس پژہ کنہ نہ - ساروی دپو البتہ ضرور
کرداہ پژہ تہندس فرماونس - تکیازہ اسہ چھو یقین تہ اعتماد دارایاہہ کالک تجربہ تہندِ ہ

تَبَّتْ يَدَآ اَبِىْ لَهَبٍ وَّتَبَّ ہلاک سپدن زہ اتھہ ابولہبہ سند بیہ سپدن ہلاک ابولہب (۱)
مَآ اَغْنٰى عَنْهُ مَالُهٗ وَمَا كَسَبَ دفع کرُسنہ کنھتہ مالن ہنِزِ بیہ یہ کسب کرون یعنی
از عذاب خدا مو کلیو نہ تمِہ سیت سَيَصْلٰى نَارًا ذَاتَ لَهَبٍ نزدیک چھو اژِہ یہ ابولہب
نارس اکس رِہہ والِس سوگو نار دوزخ وَّامْرَاَتُهٗ حَمَّالَةَ الْحَطَبِ بیہ آشن تہنز اژہ در دوزخ
مراد چھو زِ تو پکناوہ ونِ (۲) فِىْ جِيْدِهَا حَبْلٌ مِّنْ مَّسَدٍ تہنزہ گردنہ اندر چھہ رزخرز
دِنِ ہنز چنانچہ یسہ رزِ زِنِ گنڈِت آسِس سی رزِگیس بامرِ خدا گردنہ اندر بندنہ دوزخس واژِ

سورہ اخلاص چھو مکی    بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ    ژور آیہ

یژ زیور آسُنک۔ آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم فرماوُک نہ یلہ چھو ادہ چھُسو بو توہہِ ہیم گران یوَہ نہ
اِکہ عذابکُ یس ستاہ سخت نہ مشکل چھو۔ یہ بوزِت کڈ ابولہبن وہو دپُن تبًّا لکَ الھذا
جمعتنا۔ اتِی پیُدہ یہ سورہ شریفہ نازل (۱) ابولہب آس تس کنیت ناو وسُس عبدالعزی
یہ آسو تِر آنحضرتن ہند مگر سخت دشمن تہند۔ خداین کرُ سو ہلاک جنگِ بدرہ پتہ ستنہ دوہہ
طاعونی اکھ پھپھرہ دراس یمہ سببہ گرِہ کیو باژو اندرہ آسنہ برونٹھہ کُن نہ نکھنِل کانھتہ۔ بلکہ
ژہنک گرہ نشہ باین خیال دور کڈِت کہ ینہوِ نہ امسُند مرض یمن لارہ۔ چنانچہ تِت حالس منز
دراس نُو۔ تو پتہ لاگس نہ ترِن دوہن تان کانسہ تہ اتھہ۔ یو تانِ سخت پھک وکھس تریہ
دوہِ اکھ حبشی غلام مزدور یموتہ یکس نہ اتھہ لاگِت یمو اتھہ لورہ یموی سیت اکھ ڈولِن
ڈلوان۔ تو پتہ ترا وُک اکِس کھوڈس منز ہتھہ لایس کنہ یمنی تل دبراوُک (۲) یعنی کنڈدار
مورہ کنڈ کُل آسِ میدانو منزہ سنبرِت انان تو پتہ آسِ وتھراوان یمنی وتن یوکِن یکِن
آسو آسان رسولِ کریمس صلی اللہ علیہ وسلم۔ نتہ چھو یہ امس ابولہبہ سنزہ آشنہ اکھ طعنہ اکھ
یوان دِنہ بخلکُ۔ یعنی یہ آس مالدار آسِت کمالِ بخلکہ سببہ پانی زِنو سنبران نہ ساران۔ زِن
گچھہ ہنز رِز آس تراوان پانس نال۔ دوزخس منز تہ اژہ امی حالہ کہ جہنمک غل تہ زنجیرہ
آسنس گردنہ منز۔ درخت زقومک نہ درختِ ضریعک زِنو آسِس نظرِ پٹ یعنی عذاب
آسِس از جنس جرم (۳) یمہ سورہ شریفکُ شانِ نزول چھو ایزہ اکہ دوہہ وُن مشرکو
ای حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم تلہ حضِ ینِنِس پروردگارہ سند صفت تہ نسب
کرتو بیان اتی پیُدہ یہ سورہ شریفہ نازل

قُلْ هُوَ اللّٰهُ اَحَدٌ دپ سو خدا چھو کنوی اَللّٰهُ الصَّمَدُ خدا چھو بے نیاز ساری چھہ
تس کُن حاجتمند لَمْ یَلِدْ وَلَمْ یُوْلَدْ نہ زاس کانہہ نہ زاو کینہہ وَلَمْ یَکُنْ لَّهٗ کُفُوًا
اَحَدٌ چھو نہ تس کانہہ ہو تہ ہمسر (۱)

سورہ فلق چھو مدنی بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ پانژ آیہ (۲)

قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ الْفَلَقِ دپ پنہ چھوس نوان صبحکس خدایس مِنْ شَرِّ مَا خَلَقَ
تمکہ شرہ نشہ یہ پیدا کرون وَمِنْ شَرِّ غَاسِقٍ اِذَا وَقَبَ بیہ گٹہ شبکہ شرہ نشہ یلہ

(۱) توحید کن منکرن چھہ وارِیاہ قسم اِڈ گے بتہ یم خدایہ سندس وجودس چھہ منکر۔ اڈ گے
یم تہندس واجب الوجود آسنس چھہ منکر۔ اڈ گے یم تہندن کمالکن صفتن چھہ منکر۔ اڈ گے
یم تمنس عبادتس اندر چھہ شریک ٹھراوان۔ یمن ساری چھو رد اللہ احدس اندر۔ بیاک
گے یم مشرک فی الاستعانۃ چھہ یعنی یم تس ورای چھہ بین نشہ یاری تہ مدد ژھانڈان بیہ
بین حاجت منگان۔ یمن چھو رد اللہ الصمدس اندر۔ یعنی حاجت گژھ تس نشہ ژھانڈن
یُنہ پانہ محتاج آسہ۔ سو چھو نہ کانہہ اللہ تعالاس ورای۔ تمہ یم چھہ نہ تم۔ یم ساری چھہ تس کُن
محتاج۔ ساری چھہ بین پستی تہ عاجزی نزاوہ وِن تس برونٹھہ کنہ۔ چنانچہ اللہ تعالی چھو فرماوان
یاایہا الناس انتم الفقراء الی اللہ واللہ ہو الغنی الحمید یعنی ای لوکو توہی چھوہ
محتاج اللہ تعالاس کُن پرت وقتہ تہ پرت ساتہ۔ اللہ تعالی یُس چھو سوی چھو بے نیاز حاجت
آسنہ نشہ منزہ تہ پاک حمد دینہ آمُت۔ حضرت سیدُ البشر صلی اللہ علیہ وسلم آس دعا کران
اللہم انی ضعیف فقونی وانی مریض فاشفنی وانی فقیر فارزقنی یعنی یا اللہ
بوچھوس ضیف ژہ دم قوت بو چھوس بیمار ژہ دِم شفا بو چھوس محتاج ژہ کرُم عطا۔ بیاک
جماعت یم تس پنچو تہ کورہ چھہ ٹھراوان تمن سُدرد لم یلد ہ سیت۔ یم بعضی البشرن تہ جنن
چھہ بین معبود زانان تمن سپدرد ولم یولد ہ سیت۔ کیازہ تم ساری چھہ مولود یعنے
زامت۔ بیاک گو معبود برحق سو چھو نہ کانسہ زامُت۔ یمن اعتقاد چھو بمِک ژہ تس ہو نہ ہمسر
کانہہ آسُک تہنہ پاٹھ مجوس چھہ یزدان واہرمن تمسند ہمسر زانان تمن سُدرد ولم یکن لہ
کفوا احد ہ سیت (۲) یہ سورہٗ شریف بیہ امہ پتہ بیاک سورہٗ شریف یمن دنون سورہٗ شریفن
ہند شان نزول چھو ژہ آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلم آسو لبید بن اعصم تہ بیہ تہنزو کورِ و سحر
کرمُت یمہ سببہ تمن سخت تکلیف آسو۔ نوہ پتہ کرُتو دعا اللہ تعالاس منگوک شفا اللہ تعالان

وہراونہ ییہ تاریکی ژہ وَمِنْ شَرِّ النَّفّٰثٰتِ فِی الْعُقَدِ ییہ پھوک دِوہ وِن زنانن ہندہ شرہ نشہ یمہ پھک دوان چھہ گنڈن اندر یعنی سحر کرہ وِنہ زنانہ (۱) وَمِنْ شَرِّ حَاسِدٍ اِذَا حَسَدَ ییہ برت حسد کرہ وِن سندہ شرہ نشہ یلہ حسد کرِہ سُو۔

سورہ ناس چھُو مدنی بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ شہ آیہ

قُلْ اَعُوْذُ بِرَبِّ النَّاسِ دپ بہٕ چھُس نِوان لوکن ہندس خدایس مَلِكِ النَّاسِ لوکن ہندس پادشہس اِلٰهِ النَّاسِ لوکن ہندس معبودس مِنْ شَرِّ الْوَسْوَاسِ وسوسہ کرہ وِن سندہ شرہ نشہ الْخَنَّاسِ یُس یاد خدا کرن وِزہ پت روزہ وُن چھُو (۲) اَلَّذِیْ یُوَسْوِسُ فِیْ صُدُوْرِ النَّاسِ یُس وسوسہ تراوان چھُو لوکن ہندن دِلن اندر مِنَ الْجِنَّةِ وَ النَّاسِ جنو اندرہ نہ انسانو اندرہ نہٕ (۳)

اول و آخر قرآن زچہ باآمد و سین یعنی اندرہ دین رہبر تو قرآن بس

کرنازل یم زہ سورہ شریفہ ییہ کرنک خبر زہ فلان شخصن چھُو فلان جایہ فلان چیزس اندر تو ہہ سحر کرمُت چنانچہ صحابہ صیبن کروک حکم تو کڈنہ جایہ منزہ سو سحر یُت اندر گنڈ آس دِنہ آمت تہ پتہ پریم زہ سورہ شریفہ آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم۔ اک اک آیہ کریمہ آس پران اک اک گنڈ آسو مُزنہ یوان۔ کذا فی الدلایل للبیہقی (۱) موزنا نو اندرہ چھہ مراد لبید بن اعصمہ سنزہ کورہ یِتہ حدیث شریفس منز امہ سحرچ ذکر چھہ سو چھُو صحیحین اندر ییہ نہ بین کتابن اندر باوجود آن چھہ مرزائی ات انکار کران۔ یمہ سبب صاف ظاہر چھُو سپدان مرزائی چھہ حدیث شریفک بڈ دشمن۔ چنانچہ مرزای کاشر تفسیرہ وال چھُو ونمت بہ حدیث شریف چھُو اپز (نعوذ باللہ من ذلک) ساروی کتابو اندرہ پز صحیح کتاب قرآن مجید پتہ گیہ صحیح بخاری توہ پتہ صحیح مسلم بین دوشون کتابن اندر چھُو یہ حدیث شریف انہہ چھُو امہ ازبس جہل و فرط غباوت ونمت کہ یہ چھُو اپز۔ توہ پتہ چھِن ات ییتس افتراءس ہٹ دلیل امزہ (سورہ فرقانس اندر چھُو آیہ کریمہ قال الظالمون ان تتبعون الا رجلا مسحورا یعنی ظالم چھہ ونان تمن مسحور یس اگر مسلمان نہ تی وِنن تلہ کیاہ روز تمن تہ یمن منز فرق) لیکن امسند یہ وِنن چھُو محض اپزتہ دوکھ۔ یمس چھُو غرض امہ نلہ حدیث شریفچ وقعت لوکن ہندو دِلو منزہ کڈن۔ یہ یمن ہندُ اصلی مقصد چھُو۔ حقیقت چھہ ایزہ ظالم یعنی کافر آس بیشک تمن ونان مسحور مگر یمہ معنیہ نہ زہ تمو اندرہ کانسہ ساحرہ سند سحرن کیا آسو تمن پٹ اثر کرمُت۔ بلکہ آس تم مسحور بمعنی مجنون

استعمال کران - چنانچہ امام مازری چھُو فرماوان الکفار ارادوا بقولہم مسحور انہ مجنون وحاشاہ - توہ پتہ چھہ بیاکھ کتھاہ تہ زہ سحر چھُو آمُت نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم کرنہ مدینہ منورس اندر درشتہ ہجری - سوی سحر چھُو کرمُت لبید بن اعصمن تہ بیہ تہنزو کوٗرِو سوٗ آسو مدینہ شریفکو باشندہ و اندرہ از قبیلۂ خزرج - تہ سورۂ فرقان { یمکو آیۂ کریمہ ام تُہیہ خیالہ پیش کرٗ } چھُو باجماع جمہور مفسرین در مکہ معظمہ نازل سپدمُت - تتہ کِنی کافرن ہُند چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان زہ تم چھہ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم مسحور دپان - یعنی مسحور بمعنی مجنون کیا زِہ تِم کتھہ پاٹھ دپہن تمن مسحور سحر کرنہ آمُت کہ معینہ - حالانکہ وُنِہ آسو نہ تمن پیٹھ مکہ معظمس اندر کانسہ سحری کرمُت - لہٰذا تُتہ یہ ہرگز تسلیم کرُن کہ یمن کیا آسو مراد مسحورہ اندرہ سحر کرنہ آمُت - بلکہ چھُو ایرہ تم آس مسحور بمعنی مجنون استعمال کران - علاوہ ازان چھُو اکھ معنی ذاسحر تہ یعنی ساحر - بیاکھ معنی چھُوس { یلہ از سحر بفتح سین بوزدن } ذاالسحر شہ رگہ والو یعنی بشر - یعنی کافر آس دپان کہ توہ چھُوہ اکس بشرس اکتنر پروی کران - توہ پتہ چھُون بیاکھ افترا تہ بہتان ونمُت زہ { یمو لوکو یہ سورۂ شریفکس شان نزولس اندر قصۂ سحر لکھمُت چھُو تم چھہ دپان تم جادِ تہ سحرن آسو تہندس روح مبارکس پیٹھ اثر کرمُت } حالانکہ تہ چھُو تہ کانسِہ تہ ونمُت - بلکہ چھُو حضرت قاضی عیاض رحمۃ اللہ وَنان قد جاءت روایات حدیث عائشۃ مبینۃ ان السحر انما تسلط علی جسدہ الشریف صلی اللہ علیہ وسلم وظواہر جوارحہ - لا علی قلبہ وعقلہ واعتقادہ صلی اللہ علیہ وسلم وکل ما جاء فی الروایات من انہ علیہ الصلوٰۃ والسلام یخیل الیہ فعل شئ و لم یفعلہ ونحوہ فمحمول علی التخیل بالبصر لا لخلل تطرق الی العقل - ولیس فی ذلک ما یدخل لبسا فی الرسالۃ ولا طعنا لاہل الضلالۃ - یعنی یمہ روایژ تہ سندہ چھہ حضرتِ عایشہ سندِس حدیثس آمژہ تمن سارنی اندر چھُو وارہ واضح تہ تِن پاٹھ بیان کرنہ آمُت زِہ یس اثرہ امہ سحرک تمن آسو سو آسو بدن مبارکسی تہ ظاہری اعضای مبارکنی پیٹھ - سو اثر آسو نہ { نعوذ باللہ } تہندس عقل مبارکس یا دِل مبارکس یا اعتقادس پیٹھ - بلکہ یمن روایاتن اندر یہ آمُت چھُو زہ تمن آسو خیال تہ گمان سپدان کونہ کامہ ہند زہ یہ کوم چھہم کرمژ - حالانکہ کرمژ آسنہ آسان - تمن سارنی روایاتن اندر چھُو مراد کہ در ظاہر نظرے آسک تمہ قسمکو سو خیال پیدان تِنہ زہ عقل مبارکس کیا آسک کونہ قسمہ تمکو اثر حاشا و کلا - یہ چھُو در اصل مُت مرزائیی ہندہ

ناپاک چانٹہِ ازبس عداوت و دشمنی - بیہ چھونہ کانہہ ونمُت - سید محمود آلوسی صاحب تفسیر
روح المعانی چھُو فرماوان وقال الامام المازری قد انکر ذلك الحدیث المبتدعة
من حیث انه یحط منصب النبوة ویشکك فیها وان تجویزه یمنع الثقة بالشرع - و
اجیب بان الحدیث صحیح وهو غیر مراغم النص ولا یلزم علیه حط منصب النبوة
والتشکیك فیها لان الکفار ارادوا بقولهم مسحور انه مجنون وحاشاه - امام
مازری چھُو فرماوان کہ ات حدیثس چھُو کرمُت بدعتیو انکار یمہ اعتبارہ زِ یہ چھُو نبوتکس
منصبس پست کران تہ تتھ منز شک پیدہ کران - یہ تسلیم کرون چھُو شرعس اندر بی اعتباری
پیدہ کران - مگر امکو جواب چھُو دِنہ آمُت کہ یہ حدیث شریف چھُو بالکل صحیح - سو چھونہ ہرگز
کونہ قرآن مجیدکس حکمس مخالف - بیہ چھونہ ہرگز امکہ تسلیم کرنہ سیت شان نبوتس اندر پستی
لوزم لازم یوان - کیازہ کافرن آسو لفظ مسحور دِنہ اندرہ مجنون ونُن مراد آسان - بمہ عبارژ
اندرہ سپد معلوم کہ مرزائین برونٹھ چھُو بیہ بدعتیو نہ ات حدیثس انکار کرمُت بظاہر چھُو
یمو تہند دیُم رٹمُت - تہنزی پیروی کرِتھ - بیت رُودیہ شبہہ تہ یہ اشکال زِ آنحضرتن ہٹ
صلی اللہ علیہ وسلم کیازہ سپُد سحرک اثر - تمکو جواب چھُو زہ سحرک اثر سپدُن چھُو بشریکیو
عوارضو اندرہ - چنانچہ یتھہ پاٹھ تہندس ذات مبارکس ہٹ بی عوارض مثل امراض
جسمانی - دردِ سر بیو - تپ بیو عارض سپدان اُس - تتھی پاٹھ سپدُک سحرک اثر نہ - امہ سیت
کیاہ کمی سپز تہندس شان نبوتس نہ رسالتس - بیہ آس اَتھ اندر بیاک حکمت زہ کافر آس
آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلم {نعوذ باللہ} ساحر دنان - اللہ تعالیٰ ان کرُ تہنزہ تتھ کنتھہ رد
بمہ طریقہ کہ یمن ہٹ سپُد سحرک اثر تا اینکہ معلوم سپد کہ یم ہرگز ساحر چھینہ کیازہ ہرگاہ یم
ساحر آسہن تلہ سپد ہک نہ سحرک اثر - تکیازہ ساحرس آسان چھُوس چھونہ بے سندہ سحرک
اثر یوان - حاصل کلام چھُو زہ مرزائی جماعت لبسہ چھیہ یمن چھُو حدیث شریفک عداوت - نہ
بغض - یمکو منشا چھُو آنحضرتن ہند عداوت - کیازہ مرزہ قادیان چھُو آنحضرتن ہنزہ ہمسری
بلکہ برتری ہند دعوی کرمُت - چنانچہ ازالہ الاوہامکس صفحہ ۵۹۶ پیٹھ اندر چھون و نمُت
{سیر معراج اس جسم کثیف کے ساتھ نہیں - بلکہ وہ ایک نہایت اعلےٰ درجہ کا کشف تھا جسکو بیداری
کہنا چاہئے} نوتہ چھُو بیہ کینژ و سطرو پتہ ونان {اس قسم کے کشفوں میں خود مؤلف صاحب
کو تجربہ ہے -} ازالہ الاوہام حصہ اول حاشیہ صفحہ ۴۷ منز چھون ونمُت {آنحضرت صلی اللہ

عليه وسلم تي ابن مريم اور دجال کي حقيقت کامله منکشف نهوئي، بيه ته ههڙن امي قسمه وارياه چيز ومنت. تن ذکر کرڻ سبب باعث طوالت. لهذا هي مرزائي جيڪي ٿهند چيله ڇه هوا اندره ديئن اهڙه آنحضرت منز کونه قسمه مدح سرائي کره يا ٿي هنده خاتم النبيين آسڻنگ اعتقاد ظاهر کره يا اسلام تعريف کره زانڻ گهڙه زه يه جهو محض د وکهه نه نفاق يقولون بافواههم ماليس في قلوبهم. يعني زوه سيت چهه وناڻ ٿي تيچ نه دلس کانه پڙاه چهک. تنهه باٻت الله تعالى منافقن هند حال فرماوان جهو اذا جاءك المنفقون قالوا نشهد انك لرسول الله و الله يعلم انك لرسوله والله يشهد ان المنفقين لكذبون. يعني يله يوان چهه تو هه نش يم منافق ديان چهه اين چهه گواهي دوان تو ه چهوه بيشڪ پيغمبر خدا. پروردگارن چهو معلومي ٿهند پيغمبر خدا آسڻنگ مگر الله تعالى چهو گواهي دوان که يم منافق چهه يه ونس اندر اپزير. کيازه يه گواهي چهه تم دوان محض زِ دَ وسيتي دِلن اچ پڙه ڇهکنه کنهنه (٢)
حديث شريف منز چهو آمُت زه سو شيطان چهو ياد خدا کرنه سيت دور گڙهان (٣)
يعني شيطان چهنه از قسم جني آسان بلکه چهه انسانو اندره ته آسان. چنانچه الله تعالى چهو فرماوان وكذلك جعلنا لكل نبي عدوا شيطين الانس والجن. از کس زمانس اندر گي شياطين الانس ته پيغمبرن هند دشمن مرزائي جماعت يم لوکن حضرات انبياءن هنزه پيروي کرنه نشه رنگارنگ مکرو ته فريبو سيت ڈالان چهه. بيه يم حضرات انبياءن نسبت توهين کران چهه. بيه يم بظاهر خير خواه لاگان چهه. مگر تله کنه چهه بڈ مفسد ته دشمنان اسلام خداوند کريم رڇهن تنهنه فضله سيت تهنده شره نشه سارني مسلمانن. آمين يا رب العالمين

وصلى الله على خير خلقه محمدٍ وعلى آله وصحبه وسلم

کتب مؤلفه جناب مولانا القاري حافظ محمد حسن صاحب امام مسجد گاڈه يار تغمده الله بغفرانه

| روضة الحسن درخطب | نصيحة الحسن درخطب | تحفة الحسن درخطب | تحفة الكمليه درتاريخ |
|---|---|---|---|
| تحفة اشرفيه بمعه سلطاني | چراغ لطائف درتاريخ | اسماء النبي عربي | چهل اسرار بمعه مقدمه |
| مجموعة الشفائين | سبيل النجات | نور العينين عربي | مکتوبات حضرت امير |

ملنے کا پتہ:- حافظ محمد عنايت الله امام مسجد گاڈه يار سري نگر

راقم احقر حسام الدين خان

